**Unit-1 Tutorial for class 9**
**Subject: Kashmiri**

سبق نمبر(۱): 

# کٲشُر زبان

سانہِ کتابہِ منز شامل یہ سبق چھُ ڈاکٹر بشیر بشیر صابن لیکھمت ۔ یتھ سبقس منز چھُ کٲشر زبانہِ تہٕ کٲشرس ادبس متعلق کتھ کرنہٕ آمژ ۔ تخلیقی ادبس ہیتہِ ہیتہِ چھِ لکھ ادبس متعلق تہٕ موضوعن زان دنہٕ آمژ ۔

- سبقچ کیہہ اہم نُکتہٕ چھِ یِم:
- زبان چھِ انسانن ہنز کتھ کرنچ اکھ صلاحیت یمہِ کنہِ سُہ لوکہِ اکھاکس تام پننہِ جذبات تہٕ خیالات واتنٲوتھ ہیکان چھِ ۔
- زبان چھِ آوازن، لفظن تہٕ جُملن ہُنز اکھ باقاعدٕ نظام۔
- لوکھ چھِ اتھ نظامس تحت پننہِ زبان ورتاوس انان۔
- دُنیاہس منز چھِ اکہِ پایہِ ژورساس زبانہِ بولنہٕ یوان۔
- کشیرِ منز یوسہٕ زبان بولنہٕ یوان چھِ تتھ چھِ "کٲشُر" وَنان۔
- کٲشُر زبان چھِ کشیرِ علاوٕ بیٚیہِ تہٕ واریاہن علاقن منز بولنہٕ یوان ۔ یمن منز پونچھ، راجوری، گول گلاب گڈھ، بانہال، رام بن، کشتواڑ، بھدرواہ بیترِ قابلِ ذکر چھِ ۔
- اکہِ اندازٕ مطابق چھِ دُنیاہس منز اکہِ پایہِ سیٚتھ ژور فیصد کٲشُر بولنہٕ یوان۔ ہماچل پردیش کِس کنین دستخطن گامن، اتر پردیش، پنجاب تہٕ ہریانہ چِھن بیٚیہِ ممن جایہِ تیٚمن منز تہٕ آزاد کشمیرس منز تہٕ چھِ کٲشُر بولن وٲلی لوکھ بسان۔
- کٲشُر چھِ اکھ پرٲنۍ زبان تہٕ امیُک ابتداء کوٚر ینہٕ کیو ابتدٲئی بسکین ذرو۔
- کشیرِ ہندۍ ابتدٲئی روزن وٲلۍ ٲسۍ "ناگ تہٕ آریا"
- آریہن چھِ "پشاچ" تہٕ ونہٕ یوان تہٕ "دروہ"۔
- یِم ٲسۍ نیٚلے ماز کھوان۔
- قدامت (پرٲنۍ) اعتبار چھِ یہِ زبان ورزاو قبیلہِ چِن زبانن نکھہٕ ۍکہ پتھ تعلیمو تہٕ امیُک ابتداء چھُ ویدکالہِ پیٚٹھہٕ سپدان۔
- مگر اکثر محقق چھِ یہِ رائے دِوان زِ کٲشرِ زبانۍ ہند تعلق چھُ دردو خاندان چِن زبانن ستۍ ۔
- کٲشُر، شناہ تہٕ کوہستٲنۍ چھِ ترٚنے خاص درد زبانہِ۔
- کشتواڑۍ، پوگلی، بنجاولی، سراجی چھِ کٲشرِ زبانہِ ہنز بولہِ۔
- وقت گژھنس ستۍ ستۍ لوکن ہندِ اور یور ینہٕ گژھنہٕ ستۍ سپدۍ مختلف زبانن ہندۍ مختلف لفظ کٲشرِ زبانہِ منز شامل، یِمہٕ ستۍ امکِس لفظ راشس منز بر سپد۔
- کٲشرِ زبانہِ منز چھِ عبرانی، ترکی، سنسکرت، فارسی، عربی تہٕ انگریزی زبانن ہندۍ لفظ نظرِ گژھان۔
- یِموے دوپرِ لفظو ستۍ گٲر کٲشرِ زبانہِ ترقی۔

## کأشُر ادب:

- کأشر ادبُک آغاز سپُد ژۄداہمہ صدی منز لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سندی ذٔریعہ۔
- لل دید ہنز شاعری چھےٚ "واکھ" تہٕ شیخ العالمؒ سٕنز شاعری چھےٚ "شُرکھ" وَنان۔
- یمن دۄشونی شاعرن ہندس کلامس چھےٚ فنی تمیزرٕ تہٕ روحانی نظر تہٕ۔
- حبہ خاتون چھےٚ شُراہمہ صدی ہنز شاعرہ یمہ ہندِ بہترین لولہ نغمہ عام لُکن منز قبول سپدی۔
- محمود گامی چھُہ سُنّی تہٕ موضوعی اعتبار کأشر شاعری ہندس سرمایس زیٛٹھر کران۔
- مقبول شاہ کرالہٕ واری ہنز "گلریز" مثنوی چھےٚ کأشر زبانہ منز اکھ بہترین مثنوی۔
- مقبول عام کأشر مثنوی "ہی مال نا گرائے" "لیلیٰ مجنوں" وول چھُہ ولی اللہ متو۔
- رسول میر ن واستادٕ کأشر شاعری خاص کرتھ کأشر غزل عروج بخش۔
- رسول میر سنز پننہ حیاتی منز پننہ شاعری خاص کرتھ غزلو کنٛ عوامس منز مشہور۔
- محمود گامی نٕ غزلن منز چھےٚ سراپا نگاری ور تھنکو کوحان۔
- تصوف چھُہ کأشر پرانہ/صوفی شاعری ہند خاص موضوع۔
- سوچھ کرال، رحمان ڈار، نعمہ صاب، شمس فقیر، صمد میر، احد زرگر بیتر چھِ مشہور کأشرٕ صوفی شاعر۔
- مہجور تہٕ آزاد چھِ کأشر انقلابی شاعر۔
- ییٚوو دیاون کأشر شاعری منز بنیٛرٕ تہٕ موضوعٕ زنگوٗ ور۔
- کشیر منز چھےٚ نثر چ تہٕ داریاہ پرأنی روایت۔
- "بربت کتھا" چھےٚ کشیر ہند سرزمینٛچ سو کتاب یمہ چہ بنیاز چھُہ دُنیاہچ مشہور رولیاہ کتابہ لیکھنہ آمہٕ چھےٚ۔
- اصل پانٛچہ وٕ چھُہ کأشرس نثرس بٕ چھُہ وری برونٛہہ ژس۔
- 1821. منز چھُہ یار محمد خان بابلہ ہندس دوہس حصس کأشرس منز ترجمہ کرتھ باقاید پانٛچہ کأشر نثرُک آغاز کران۔
- کأشرس منز چھُہ داریاہ لُکہ ادب تہٕ۔
- لُکہ ادب گۄو سُہ ادب یمیک تخلیق کار معلوم آسہ نہٕ تہٕ یُس مختلف موقعن پیٹھ مختلف لُکو ور ور کۄرمت آسہ۔
- کأشرس لُکہ ادبس کس تخلیقی پأنس تہٕ معیارس چھُنہ بار دُنیاہس منز جور۔

## سوالن ہٕنٛدی جواب:

سوال نمبر(۱) زبان کتھ چھِ وَنان؟ دُنیاہس منز کاژاہ زبانہٕ چھےٚ بولنہٕ یوان؟

جواب: زبان چھےٚ انسان سندِ بولنٛچ تہٕ کتھ کرنٛچ اکھ سو صلاحیت یمکہ مددہ تہٕ لُکھ پننہ جذبات، خیالات تہٕ احساسات باقین تام واتناوتھ ہیکان چھِ۔ دُنیاہس منز چھےٚ اکہ ساس ژور ساس زبانہٕ بولنہٕ یوان۔

سوال نمبر(۲) کأشر زبان کتہ کتہ چھےٚ بولنہٕ یوان؟

جواب: کأشر زبان چھےٚ کشیر ہند وادیہ علاوٕ پرانٛگرے، راجوری، بانہال، رام بن، کشتوار، بھدرواہ، بسوہلی تہٕ گول گلاب گڈھس

منز بولنہٕ یوان۔ امہ علاوٕ چھہ ہماچل پردیش، اتر پردیش، پنجاب تہٕ ہریانہٕ کین ہیٚم ممن نسوٕ تمن منز تہٕ آزاد کشمیر کین منز تہٕ
کأشر بولن والین لوکھ بسان۔

سوال نمبر (۳) کأشر زبأنۍ ہند ابتدا کر سپد؟ امکو ابتدأیی بولن والیٚ کم اؤسۍ؟

جواب کأشر زبأنۍ ہند ابتدا سپد ویدکالہٕ پتہٕ۔ امکو ابتدأیی بولن والیٚ اؤسۍ نیٚکو ابتدأیی بسکین۔ (ناگ تہٕ آریا)۔

سوال نمبر (۴) کأشر زبأنۍ چھہ کمن کمن زبانن ہند اثر پیوومت؟ یہ اثر کتھ کنۍ گوو؟

جواب کأشر زبأنۍ چھہ سنسکرت تہٕ فارسی زبانو علاوٕ عبرانی، ترکی، عربی تہٕ انگریزی زبانن ہند اثر۔ یہ اثر گوو لوکن ہند آمد و رفتہ
کو جنہٕ گو۔

سوال نمبر (۵) مجبورتہٕ آزادس بڈ کم کم بڈ شاعر چھہ کأشرس منز ووتھمتۍ؟

جواب: مجبورتہٕ آزادس برونہہ بڈ شاعر کأشرس منز ووتھمتۍ چھہ تمن ہندی ناو چھہ یتھ کنۍ:

للہ دید، شیخ العالم، حبہ خاتون، محمود گامی، مقبول شاہ کرالہ وأری، ولی اللہ متو، رسول میر، سوچھ کرال، نعمہ صاب،
شمس فقیر بتہٕ۔

سوال نمبر (۶) کأشرس منز کر چھہ آو نثر لیکھنہٕ؟

جواب: کأشرس منز آو نثر قریب زۅ ہتھ وری برونٹھ لیکھنہٕ۔ 1821 منز چھہ یار محمد خانن بائبلہ ہندس دویمس حصس کأشرس منز ترجمہ
کرتھ باقاعدٕ پأٹھۍ کأشر نثرک آغاز کران۔

سوال نمبر (۷) لکہٕ ادب کتھ چھہ وانان؟

جواب: لکہٕ ادب کو وشہ ادب سیٚمیک تخلیق کار معلوم آسہٕ نہٕ تہٕ یتھ مختلف موقعن پیٹھ مختلف لوکو شہ وانتھ کوزمت آسہ۔ یہ چھہ زبأنۍ
زبأنۍ پیٹھ اکہ پیٹھہ ہکس پیٹھ تام واتان روزان۔

(سوال) یمہ سطر کمہ سبقہ منز چھےٚ کنڈنہٕ آمژ۔ سیاق تہٕ سباق چھہ کرِو یمن وضاحت:

دوہہ زبانن ہندی لفظ ....... پار پار صلاحیت۔

جواب: یہ سطر چھےٚ "کأشر زبان" سبقہ منز کنڈنہٕ آمژ۔ امہ سبقُک لیکھن وول چھہ ڈاکٹر بشر بشیر۔ یتھ سبقس منز چھےٚ اسہ کأشر زبأنۍ
متعلق زانکاری میلان۔

سیاق: یمن سطرن منز چھہ کأشر زبانہٕ ہندس ژھہ جارس تہٕ وسعتس کُن اشارٕ کرنہٕ آمت۔ کأشر زبانہٕ ہندس ابتدأیی کالس منز آسہٕ اتھ
منز تتیٚ لفظ زانسان ہیکہ بیٚ پارہ پأٹھۍ اتھ منز کتھ کرتھ۔ پتہٕ ییلہ کشیر ہندی لوکھ باقین ملکن تجارت کرنہٕ نیٚیہ تہٕ تور گیہ تہٕ، ساعہ زبانہٕ منز
گیہ تمن ملکن ہندین زبانن ہندی الفاظ شامل۔ یمہ ستۍ آیہ وسعت چھہ تہٕ ووٚنۍ چھےٚ اتھ منز شاعری علاوٕ نثرٕ تخلیق کرنہٕ چ گنجایش موجود۔

موختصر سوال جواب:۔

(سوال:۱) کأشر زبأنۍ ہندین پانژن مشہور صوفی شاعرن ہندی ناو لیکھو؟

جواب: رحمان ڈار، احمد بٹہ وأری، نعمہ صاب، شمس فقیر تہٕ سوچھ کرال۔

(سوال:۲) کاشُر زبانِ ہِندِ مِن ازکالہٕ کَمن پانٛژن مشہوٗر رۄمانن ہِندۍ ناو لیکھِو؟

جواب: رحمان راہی، شاد رمضان، غلام حسن غمگین، شاہد بڈگامی تہٕ منشور بانہالی۔

(سوال:۳) کاشُر زبانِ ہِندِ مِن پانٛژن اہم مثنوی نگارن ہِندۍ ناو لیکھِو؟

جواب: محمود گامی، ولی اللہ متو، مقبول شاہ کرالہٕ وارؠ، میر عبداللہ بیہقی تہٕ عزیز اللہ حقانی"۔

## گرامر:

### لفظ تہٕ اَمِکۍ قسم:

اکھرن ہِندِ پانہٕ واَرۍ زالنہٕ سٟتۍ چھِ لفظ وجوٗدس یِوان۔ مثلن

ک + ت + ا + ب = کتاب

گ + و + ک + ج = گوکج

م + ا + ن + چھ = مانچھ

### لفظن ہِندۍ مختلف قسم:

۱۔ بُنیادی لفظ: تِم لفظ یِم نہٕ کُنہِ مزید زانہِ آسن گرِمتۍ چھِ تِمے لفظ چھِ وَنہٕ یِوان۔ مثلن

دوٗل، کام، کاکٕر، دانہٕ، چالاک، سبز، بیتر۔

۲۔ بُنیادی لفظو نِش بنٛن والۍ لفظ / ژالِتھ لفظ:۔

تِم لفظ یِم بُنیادی لفظو نِشہٕ وجوٗدس یِوان چھِ۔ مثلن دوزجار، کاربار، ناکَل، دانایی، چالاکی، سبزار بیتر

۳۔ مرکب لفظ:

مرکب لفظ چھِ اکہٕ کھۄتہٕ زیادہ لفظ زالنہٕ سٟتۍ بنان۔ مثلن کھمن چمن، کوٚد کاکٕر، ناسہٕ ترٲسہٕ بیتر۔

مرکب لفظ چھِ مختلف طریقو بناونہٕ یِوان۔ یانے ناوت تہٕ ناوت جوڑنہٕ سٟتۍ، ناوت تہٕ باوت جوڑنہٕ سٟتۍ کُنہ وات تہٕ ناوت جوڑنہٕ

سٟتۍ چھِ مرکب لفظ وجوٗدس منز یِوان۔ مثالے

ناوت + ناوت = مرکب لفظ

بوٚے + جنہٕ = بوٚےجنہٕ

موٗل + موج = موٗل موج

باکھ + بتہٕ = باکھہٕ بتہٕ

باوت + ناوت = مرکب لفظ

تھزِ + عمارت = تھزِ عمارت

کُزدِن + کاو = کُزدِن کاو

کُنہ وات + ناوت = مرکب لفظ

پکہٕ ژن + آب = پکہٕ ژن آب

نِہِم تھ + نٲکھ = نِہِم تھ نٲکھ

## سوالات:

سوال:۱ کٲشُر زبانہِ ہِندِس ابتدایس متعلق لیکھو اکھ پیراگراف؟

سوال:۲ ڈاکٹر بشر بشیرس متعلق زان حاصل کرِتھ لیکھو تِمس پیٹھ اکھ مُختصر نوٹ۔

## سبق: اوزون تہٕ فضاچ آلودگی

تودرتن چھِ زُوٕ زٕ ژُن ہنٛد زونہٕ، بوچھ، ہُنٛد، بہ پھینہٕ تہٕ زِندِ روزنہٕ باپتھ رنگہٕ رنگہٕ انتظام کرِتھ تھٲوِمٕت۔ ماحول ٹھیٖک تھاونہٕ تہٕ زُوٕ زٕ ژُن آسائش تہٕ فایدٕ واتناونہٕ باپتھ تھاوِن بِتراتھ ہِنٛدِ گردش تہٕ موسمن ہنٛز تبدیلی جٲری سندرن ہِنٛدیس تَمِس نَنہِ آبس بوزون پیٚہ۔ یِمیس اندٕ اسٕ منز آنچ شکل پزاوان چھِ تہٕ رودٕ پٮ۪ٹھ سِرِن ہنٛز سونٛزٕ منٛز بِتراتھِ ہِنٛدِ چھِ ووان۔ یتھ پاٹھۍ چھِ پیٚنہٕ ووٚذِ تہٕ نِہار روزان تہٕ زمیٖن زراعت تہٕ سکھ وانہٕ وان۔

(س:۱) تودرتن کیہ باپتھ چھُ انتظام کرِتھ تھووٕمت؟

(س:۲) چھِنہِ وون کیتھ پاٹھۍ چھِ نِہار روزان؟

(س:۳) ماحول ٹھیٖک تھاونہٕ باپتھ کیا چھُ جٲری؟

(س:۴) پننِہ کتابہِ ہنٛدِ صفحہ نمبر 19 تہٕ 20 پٮ۪ٹھ لیکھو یِمن سوالن ہنٛد جواب:

(۱) گُرٕ بوا کیا وکام چھُ ووان؟

(۲) کشش ثقل کتھ چھُ وَنان؟

(۳) کُرٕ بوا ہس منز کُس کُس گیس چھُ موجود آسان؟

(س۵) پننِہ کتابہِ ہنٛدِ صفحہ نمبر 21 تہٕ 22 پٮ۪ٹھ لیکھو یِمن لفظن ہنٛد مانے تہٕ ورتاو کِتھ جُملن منز

ونیہ لد، انٛچ، کشش ثقل، گُرٕ بوا، بِتراتھ۔

مثلن:۔ بِتراتھ۔ تَل / زمیٖن

جُملہ: بِتراتھ پٮ۪ٹھ زم توٚتے تِمس تُل یِوان۔

(س۶) لفظن تہٕ محاورن ہنٛد جُملہ:۔

(۱) زُون: زُوٕ زٕ ژُن ہنٛد زونہٕ باپتھ چھُ صاف ماحول سبھاہ ضروری۔

(۲) ژُون: جاندارن ہنٛد ژُون چھُ شوٚدٕ آکسیجن سٟتۍ ممکن۔

(۳) پٔچھن: ماجہ ہنٛز تُرٲنی منز چھُ بچہ سند اصل پاٹھۍ پٔچھن ممکن سپدان۔

(۴) پیٚپھنہٕ لٕن: گرٕس منز گوڈ بچہ سند پیٚپھنہٕ لنہٕ باپتھ خاص ماحول پاد کرُن۔

(۵) پوٚژھن: کُلہن کِٹھین ہنٛد پوٚژھن چھُ صاف ہوا باپتھ سبھاہ ضروری۔

(۶) پٔرت ہیوٚن: سماجی خدمت کرنس منز گوڈ حصہٕ پٔرت ہیوٚن۔

(۷) ٹھیٖک تھاوُن: ماحولک نظام گوژھ ٹھیٖک روزُن۔

(۸) بِنہٕ ٹھیٖکھ: ماحولس گوژھ نہٕ بِنہٕ ٹھیٖکھ۔

سوال ۷۔ 1961 زاے سیہ

ادیب، مذہب، صحافی تے قلم کار

ڈاکٹر جوہر قدوسی

ژنبر رگوم تزال

گوڈنیک کمپیوٹر سافٹ ویر

(س ۷): پنجہ کتابہ ہنڈ صفحہ نمبر 21 پہ تیجہ زا نو ڈاکٹر جوہر قدوسی صاحبس تعلق تہ لیکھو مکمل نوٹ۔

(س ۸): مختلف قسمچہ ماحولیاتی آلودگی سے کیا اثر چتہ زودا ژن ہنز زندگیہ پٹھہ ہوان؟

(جواب): مختلف قسمچہ ماحولیاتی اولودگی سے چتہ نہ صرف انسان ہنڈ زیہر روزن مشکل ہومت بلکہ چتہ حیوانن، جانوارن تے کلمن کنمن تہ دوایہ واتان، ماحولیاتی اولودگی سے چتہ ہوس منز مضر گیسن ہنڈ میقدار بڑان۔ آبچہ اولودگی سے چتہ آبی ذخیرن ہنڈ آب چمن لائق روزمت۔ شورچہ اولودگی سے چتہ کنہ بلس تہ دل چہ ذبرایہ پٹھہ ناکار اثر ہوان۔ ہوچ اولودگی آکرتن یا آنچ اولودگی، شورچ اولودگی آکرتن یا میوہ ہنز اولودگی، تمام زودا ژ چھتے اولودگی ہندس زدس منز۔ تیہ فنا گوہان۔ غرض اولودگی سے چھتے زودا ژ مختلف بیمارن منز مبتلا گوہان۔

(س ۹): اوزونس نوقصان واتنہ سے کیا وخطر چتہ پادگومت؟

(جواب): آفتابس تہ برا ژ منزس چتہ اکہ پردہ۔ تتہ اوزون لیہچہ ونان۔ امہ پردہ منز گچھتے آفتابچہ زہ ژ چھانتہ برا ژ پٹھہ واتان۔ اولودگی ہنز تہ سے تیجس اتھہ پردس ڈوٹ گوجھتو تیتو گو، یہ منزو یم زہ ژ چھانہ نے بون وسن، تہو سے بنیہ ژمہ ہنڈ کینسر گوتھہ تہ نوان سارے زودا ژ۔ سائنسدانن ہنڈ خیال چتہ اوزون تیہ چتہ فضائی اولودگی سے نہ صرف تتہ نوگمت بلکہ تیجس بڈڈ بڈڈ سوراخ تہ گوجھتو گو۔

(س ۱۰) اوزون بچاونہ باپتہ کیا وہ کرن؟

(جواب) اوزون بچاونہ باپتہ چتہ قدرتی ماحول رژ حرژن ضروری کنافو تہ کیدگی نیشہ ماحول پچہ تحادنہ باپتہ چھتے عوامس منز بیدار آری پاد کرنچ ضرورت چھ۔ وفن راچہ کرنی، زیادہ تہ زیہ کل تو ور بونی، خطرناک جنگی ہتھیار بناونس تہ استعمال کرنس ہر لسہ کرن تاکہ ہوس منز گوچھ مضر تہ زہرآلود گیسن ہنڈ میقدار کم۔

(س ۱۱) موخصر مضمون لیکھو:

۱۔ آبی ذخیرن ہنز حفاظت

۲۔ ہوچہ اولودگی سے سپدن والی نوقصان

۳۔ شورتہ کریکہ نتہ سے پادسپدن وانینر اولودگی

۴۔ کلمن کنمن ہندی فاید

## سبق نمبر۔۳ خون تہ خونچ کمی

اکس صحت مند انسانہ ہندس جسمس منز چھ پانژھہ لیٹر خون رگن ہنڈ ذریعہ تہ جسمہ کین مختلف حصن تام واتان۔ جسمہ کین مختلف حصن تام خون واتناونچ کام چتہ دل کران۔ تیہ ساتہ چھتے خونہ کس میقدارس منز کمی ہرکانہ سپد تھہ۔ خون چتہ دوزلین ذرن (R.B.C) ہنڈ بنیمت آسان۔ یمس ہنڈ نارمل سید اوا کس زنانہ منز 45 نچہ پٹھہ 55 لچی فی کیوبک ملی میٹر تہ مردس منز 55 نچہ پٹھہ 65 لچی فی کیوبک ملی میٹر چتہ آسان۔ خونہ کین ذرن ہنڈ تہ سید ہو یلہ نارمل میقدار ہنش کم گوچھ تحیہ حالتس چھ انیمیہ (Anemia) وتان۔

خون تہ انچ کام: خون چتہ جسمس منز اکہ ضروری صحت بخش جز۔ یہ چتہ شاہیہ وہ جسمس منز آکسیجن واتہ ناوان تہ رگن ہنبہ ذریعہ جسمہ کین

تمام اَتھن تام واتان یِم سے بٔنہٕ جسمہٕ منٛز کاربن ڈائے اکسایڈ شبہ کہٕ ڈرِ یہِ واپس کدنُک کام چھِ کران۔

خونُچ کمی ہُند سبب: خون ہیکہٕ کینٛژن صورتن منٛز کم آسِتھ۔ مثلن کانٛہہ رگ ژھٹنہٕ ستہٕ آیہٕ حالس منٛز خون نیرنہٕ ستہٕ منیادس اندر آسنہٕ گژھِ۔ غذائی ضمن چہ گوصنہٕ ستہٕ، بدن منٛز کمی آسنہٕ ستہٕ۔

علاج: انسان پتھ تھکاوٹ چھِ کمزوری محسوس کران، تمس چھِ لیدر یار رپھیران، تمس چھِ پھو کہ کمسان۔ اتھن پٔتھن دالس اندرِ پٲٹھو چھِ کرزِ نیار رپھیران۔

اڑی جن ہنٛز وسہٕ ہنٛز بمارتہٕ خونچ کمی: وُس ہیمہٕ وٕچھہٕ خونکس سورخ دانہٕ چھِ پاد گوحان ہرگا وُتہٕ بمارِ یَند شِکار سپہ، خونچ کمی چھِ واتھ سپدان۔ کارخانن منٛز کام کرنہٕ ستہٕ، اکثر سے چھِ کیمیائی تجزیہ کرنہٕ ستہٕ چھِ دُگ کم کرن والی دوا استعمال کرنہٕ ستہٕ چھِ وسہٕ نقصان واتان۔

علاج، غذا یمن منٛز آیرن تہٕ پروٹین چھُ آسان - ماز، کریہٕ، ماز ٹھول، دود، سبزی، دالہٕ، کشمش تہٕ کھجورن منٛز چھُ آیرن تہٕ پروٹین کافی آسان تہٕ وٹامن تہٕ پروٹین تہٕ

## مو خصر جواب لیکھو۔

جواب ۱: خون چھُ جسمس منٛز اکھ ضروری صحت بخش چیز۔ یہِ چھُ شاہ یہِ وژ جسمس منٛز آکسیجن واتہٕ ناوان۔ یہِ ہیٚکہٕ چھُ جسمہٕ منٛز کاربن ڈائیکسایڈ شبہ کہٕ ڈرِ یہِ واپس کڈنُک کام چھِ کران۔

جواب ۲: مختلف چیز کھینہٕ ہیکہٕ انسان بدنس منٛز خونچ کمی پورٕ کرتھ خاص کر ماز، ٹھول، دود، منٛز سبزی، دالہٕ، کشمش تہٕ کھجوریٚن منٛز سپھاہ پروٹین تہٕ آیرن چھُ آسان۔

جواب ۳: سورخ دانہٕ چھِ اکس ژسس تہٕ ڈاہن دوہن زندہ روزان۔ پتہٕ ژٕ دور رستہٕ چھِ یِم دانہٕ ختم گوحان تہٕ جنٛز جایہٕ نوٚو بنان۔

جواب ۴: یِم چیز تم کھینہٕ چیز یِمن منٛز شششتر تہٕ پروٹین چھُ آسان چھِ ماز ٹھول، منٛز، دود، کھجورہ، دالہٕ، کشمش وغیرہ وغیرہ۔

(۱) جواب: انسان سنٛدِس بدنس منٛز ہیکہٕ خونچ کمی مختلف طریقو ستہٕ سپدتھ مثالہٕ پٲٹھی رگ ژھٹنہٕ ستہٕ، السر آسنہٕ ستہٕ، خون پیشابس ستہٕ نیرنہٕ ستہٕ، پروٹیچ کمی ستہٕ، غذا ہس منٛز شششتر چہٕ کمی آسنہٕ کنہٕ تہٕ پیڈ منٛز کیو یا آم آسنہٕ ستہٕ۔

(۲) جواب: کنہٕ حادثہٕ یا زخم لگنہٕ ستہٕ چھُ خون جسمہٕ منٛز ضایہٕ گوحان بو اسیرن منٛز تہٕ چھُ خون ضایہٕ گوحان روزان، کینٛژن حالاتن منٛز چھِنہٕ اندرم خوراکہٕ منٛز آیرن ہرکان جذب گژھتھ ہیو موکھ چھُ یہِ آیرن ضروری مقدار ابتادنہٕ ورأے جسمہٕ منٛز خارج گوحان۔

## صحی جواب ژاٗرو

(۱) خونہٕ کس وزلیمن دانن منٛز چھُ اکھ عنصر تھ چھِ ونان۔ (ہیموگلوبن)

(۲) پروٹین چھُ آسان۔ (مازس منٛز)

(۳) انیمیا گژھِ (خونچہ کمی ہنٛز بمارٕ)

(۴) ''خون تہٕ خونچ کمی'' مضمون لیکھمت والیس چھُ ناو (ڈاکٹر سید امین تابش)

(۵) دُگ کم کرن والی دوا کھینہٕ ستہٕ چھُ (وسہٕ نقصان واتان)

## گرامر

یُس کراوت verb ہیٚن کراوتھن مختلف کال (Tense) ورتاوُس منٛز مدد کرتھ چھِ ونان ڈکھہ کراوت مثلن۔

اڑے میچھ سبق پران۔ اتھو نقلس مژ ینو "چھتو" ڈکھو کراٹ۔ میاز ان "پران" چھتو زیادی کراٹ۔

کاشرس مژ ینو زیادی ڈکھو کروز یم چھتو، چھو، چھنے، چھاو اس، او سس، آس، آسی، اوسکھ۔ باشے ینو یم امدادی کراو تے کام

دوان مثلن یہ چھتو بول، یہ چھس پکان، تہو اوس یوزمت "ژیکہ، بیکلکہ، شوب، پز" لفظ تہ چھو ڈکھو کراڈ مثلن تس یتھ ژوردوادن، اسہ چھ

نہ تور گژھن۔

سوال: ڈکھو کراو تہ موتز بھ دوخالی جایہ:

(۱) اسہ چھ پنہ زون۔

(۲) ژ بھکلہ یہ کام کرتھ۔

(۳) یہ اوس منیہ ووتمت۔

(۴) تم آسی ژوررو زتھ۔

(۵) بہ چھس نہ واب۔

(۶) ژ چھکہ وار یاوزت۔

یمن لفظن واتو "اڈ" کوڈ لوکھ تہ بناوو نوی لفظ۔

کول - اڈ کول

ژونٹ - اڈ ژونٹ

گور - اڈ گور

نکھو چہ - اڈ نکھو چہ

نکھوٹ - اڈ نکھوٹ

مور - اڈ مور

ادم - اڈ ادم

دوز - اڈ دوز

سوال نمبر

سوال نمبر اکھ - "خون تہ خوراک کی" مضمون پرتھ لیکھو خونس متعلق اکھ مختصر نوٹ۔

سوال نمبر ژ - کتھ کتھ بند امس مژ چھ پرا ئمن تہ آ یرن۔

سوال نمبر ترے - خون ہکہ کیتھن صورتن مژ کم گژھتھ۔ پانژھ صورژ لیکھو۔

سوال نمبر ژور - داوت نامہ لیکھو تم یمن مژ ڈکھو کراوت ورتاوتہ آمت۔

***************************

Subject : Kashmiri                                                                 Class : 9th

## شاہ اسرارالدینؒ

کٲشِر ہِندِس جنوب مشرقس منز چھُ اکھ خوبصورت تہٕ روح پرور علاقہٕ یتھ کشتواڑ ناو چھُ۔ امِکۍ سرحد چھ چمبہ تہٕ لداخس ستۍ رلان۔ یہٕ علاقہٕ چھُنہٕ صرف پننہٕ فطری مأرۍ مندتہٕ تہٕ جغرافیٲیی اعتبارٕ کٲشِر ہنزِ وادی ہیو بلکہ چھِ ثقافتی تہٕ سیاسی مالن منز تہٕ اتھ پتہٕ وتہٕ کٲشِر ستۍ تعلقات رٕوۍ دی متۍ۔ کٲشِر ہِندِس عظیم روحانی پیشوا شیخ العالمؒ ہندۍ جدۍ اُسۍ کشتواڑٕ پیٹھے کٲشِر آمتۍ تہٕ تِہندۍ اکھ ناماوار خلیفہٕ حضرت زین الدین تہٕ اُسۍ اُتی زامتۍ تواریخس منز چھےٚ تِہِنز واریاہ مثالہٕ میلان ییلہ کانہہ نتہٕ کانہہ سیٲسی وجہ کِنہِ پنٕس پیٹھ کٲشرۍ بادشاہو کٲشِر پیٹھ ژٕلتھ کشتواڑس منز تہٕ یتھےٚ کِنۍ کشتواڑکو کٲشِر منز پناہ چھُ نیومُت۔ دون علاقن ہندِ بن شٲہی خاندانن تہٕ عام لوکن تہٕ اُسۍ پانہٕ وانۍ رشتہٕ۔

کٲشِر منز ییٚمہٕ آیہٕ امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ تہٕ تِہندِس فرزند سید میر محمد ہمدانیؒ تہٕ تِہند بن سأتھین ہنزٕ وکوششو کِنۍ اسلامک نور پھٕہلیو و تفریبن تمے انداز سپدۍ کشتوارس منز سید فرید الدینؒ تہٕ تِہندِس فرزند سید اسرارالدینؒ صابنو کوششو کِنۍ لوکن ہندۍ دِل تہٕ ذہن اسلام کہٕ گاشہٕ ستۍ مُنور۔

سید اسرارالدینؒ صأب چھِ لوکن منز شاہ اسرارالدین ناوٕ ستۍ تہٕ مشہور۔ سید محمد فیرد الدین آے پیغمبر اسلام حضرت محمد ﷺ صابنس باطنی حُکمس پیٹھ 1664 منز بغداد پیٹھ کشتواڑ۔ یہٕ اوس سہٕ دؤر ییلہٕ اتکۍ حُکمران عیش وعشرتس کُن اُسۍ لگی متۍ تہٕ عام لؤکھ اُسۍ پریشان۔ علاقس اوس ہو کھیہٕ تہٕ قحطن نال وولمُت تہٕ کینہہ لؤکھ اُسۍ آدم ماز کھینس پیٹھ وأتی متۍ۔ حضرت سید فردالدینؒ صاب وأتی بغدادٕ پیٹھ سِندھ کِنۍ آگرہ تہٕ دِلہِ۔ بادشاہ شاہجہانن کریو دِلہ منز روزنہٕ خأطرٕ زارٕ پارٕ مگر یُس باطنی حُکم تمن میولمُت اوس تتھ تحت درٲیہٕ تم اتہٕ پیٹھ راذٕ ویرِ کِنۍ کشتواڑ کُن۔ اتھ زٔتھس سفرس دوران کۆر ژکھ کینژن جاین قیام تہٕ یمن جاین دِژ کھ لوکن اسلامچ تعلیم۔

## موخصر جواب لیکھو۔

۱۔ جواب۔ کٲشِر تہٕ کشتوارس درمیان چھ پتھ کالہٕ سیٲسی تہٕ ثقافتی تعلقات رٕوۍ دیۍ متۍ۔

۲۔ جواب۔ شیخ العالمؒ صأبنۍ جدٕ اُسۍ کٲشِر کشتواڑٕ پیٹھ آمتۍ۔

۳۔ جواب۔ سید اسرارالدینؒ اُسۍ روحانی بزرگ تہٕ تُہند آستان چھُ کشتواڑ کِس "چوگان" ناوکس مادانس منز۔

۴۔ جواب۔ سید اسرارالدین صأبنہٕ چھےٚ واریاہ کرامو مشہور مشکن دِپان یتھےٚ زایہٕ تِھُے لاجکھ راہِ حق چہٕ کتھ کرنہٕ، پیدأشی اَمین اونگھ اُچھن گاش، لاعلاج بیمار گٔرِکھ ٹھیک۔

۵۔ جواب۔ حضرت سید فیرد الدینؒ صأب آے بغدادٕ پیٹھ سندھ کِنۍ آگرہ دلہ تہٕ راز ویرِ کِنۍ کشتواڑ۔

"ا" خانس منز دِنہٕ آمتین لفظن ہندی معنہٕ ژھاٗرِو "ب" خانس منز دِنہٕ آمتو لفظو منز۔

ا۔علیل۔بیمار ۲۔سہوردان۔یمس سفیدتہٕ کریہنہٕ مچھ آسن۔

۳۔یٚو میوٚ رداند۔شوخ کرہُن ۴۔گرواجنیٚ۔اشینیٚ

۵۔مُدا۔مقصد ۶۔ژٕر۔مکانہٕ ۷۔سِر۔راز

پرنسپل صاٲبنہٕ ناوِ درخواس ساٗلس گوژھنہٕ باپت (کشتواڑ)

بخدمت جناب پرنسپل صاٲب

جناب عالی!

گزارِش چھےٚ زِ اَسۍ نومہٕ جماژ ہندی طالب علم چھِ کشتواڑ ساٗلس یژھان گوژھن تاکہ اسہِ میلہِ زانکاری تہندس تمدنس تہٕ ثقافتس متعلق۔اَزکل چھُ موسم تہٕ خوشگوار۔ساٗلک انتظام گوژھ اسکول انتظامیہ طرفہٕ کرنہٕ یُن۔سو آسہِ تہنز بڈ مہربانی۔

تاریخ۔۲۱۔۱۲۔۲۰۲۰ عرض کرن واٲلی

نُوم جماتھ ہندی ژاٹ

## کینہہ کاشری تلمیح

تلمیح: تلمیح چھِ کُنہِ زِٹھِ واقعہٕ پیٚچ یا دلیلہِ منز کہاوژ آیہ سبٹھاہ موخصر لفظن منز باوتھ کرنس ونان۔کُنہِ پرانِس قصس یا واقعہٕ ہس کُن یمو لفظو سٕتۍ اِشارٕ کرنہٕ ییہِ تمے چھِ تلمیح بنان۔مثلن: فتح میتن بتہٕ، شینکرٕ نی مکھو، مایا رامنیٚ نوش، خوجہٕ سُند دستار۔یمن سارنےٚ اشارن منز چھُ کرن واٲلی سُند تہٕ کزاون واٲلی سُند ناو آسان۔یمہِ سٕتۍ تلمیح بوزِتھے واقعہٕ یا قصہٕ یاد چھُ پھوان۔

یمہٕ چھےٚ خاص کینہہ تلمیح۔

ا۔آگر بنیٚ گاو ۲۔بُدری ناتھنیٚ اُدرے موہر ۳۔سلام شُہن سو چھ ۴۔تاٗزی بٹُن کان

۵۔منے تہٕ خوجن کرٕناو ۶۔رُمہٕ ریٚشن آے

## سوالن ہُندی جواب لیکھو

۱) جواب: آگر بٹہٕ گاو اُسی اوسے گرٕ پتہٕ گرٕ پھیران تِکیازِ آگر بٹ اُوس نہٕ اُمس کھبنہٕ خاطر کیہن دِوان تہٕ گاو بچاُر اُسی فاقے فقرے روزان۔

۲) جواب: لفظ تلمیح متعلق چھُ آمُت گوڈے لیکھنہٕ۔

۳) جواب: سلام شاہ اوس پرتاب سنگھنہٕ حکومژ ہندس وقتس منز تحصیلدار۔ تمی کور غلہٕ مُلوٕ ہنس منز تہٕ باُگروانس منز لوکن وار یاہ مدد۔

۴) جواب: تاُزی بٹس آو فوجس منز یژ ڈعوید دِنہٕ تِکیازِ سُہ سپد بہتر تیر انداز ثابت

## آگر بٹہٕ گاو:

دپان پتھ کالہٕ اوس اگر بٹ ناوٕ اکھ شخص یُس شکسن تہٕ آلوٕ ھی نال وولُمت اوس۔ اُمس اُس اکھ گاوِ ہنا گرٕ۔ یژ زیہٕ اوس نہٕ زانہہ اُمس رٕکیت گاسہٕ لوو اکو م سیرا انان گاو بچاُر اُس فاقے فقرے روزان تہٕ اُمس اوس نفسہٕ داوِ بئین ہندِ بن آنگنن منز اژُن پیوان۔ اِدٕ یسٔندس آنگنس منز یہٕ واتہٕ ہے سُہ اُوس اُمس گاسہٕ لوو اتراوان تہٕ دوہٕ پاوا ہوان۔ یتھے پاُٹھی اُس یہٕ گرٕ پتہٕ گرٕ پھیران تہٕ پرتھ کانہہ اوس اُمس چاوان روزان۔ وونٕی یمہٕ ساتہٕ اُسی کانہہ تیُتھ شخص وُچھون یُس گرٕ پتہٕ گرٕ پھیران آسہٕ اُسی چھِ ونان زِ اُمس ہساپھتے گُموآگر بٹہٕ گاو

## محاورٕ گرٕی وُڈکھ جملن منز استعمال

| | |
|---|---|
| زڈ کڈنی | خود غرض چھُ ہمیشہٕ زڈ کڈان |
| پژھ نہٕ روزنی | میٚژ روزنہٕ جانہٕ صاُبس پٹھ اکھ رژھ تہٕ پژھ۔ |
| وزاگ ووتھن | کشیر منز ووتھنہٕ زانہہ تہٕ وزاگ |
| سبزرگ گژھن | تاُزی بٹس گووہنگہٕ تہٕ منگہٕ سبزر۔ |
| خجل گژھن | ییلہٕ تاُزی بٹس سبزرگوو فوجکو تیر انداز گیہٕ خجل |

## سیاق تہٕ سباق ہیتھ گرٕ وسطرن ہنز وضاحت

جواب: سیاق۔ یمہٕ سطرٕ چھے "کینہہ کاشر تلمیح" سبقہٕ منز نہٕ آمژ امہٕ سبقُک لیکھن وول چھُ "پروفیسر محی الدین حاجنی"۔

سباق: یمن سطرن منز چھیٚہ یمہٕ کتھِ ہنز باوتھ آمژ کرنہٕ زِ، کتھ کنٕی اُسی رشوت خورلوٚکھ عام لوکن لوٹان تہٕ حکمران، کتھ پاُٹھی اُسی پننہٕ طاقتک اِستعمال کٔرِتھ لوکن دباوان۔ مگر لوکن سُند اعتماد اوس ختم گژھان۔

کتہٕ جیٚہ بچہٕ تہٕ الہٕ بیول

لُکہٕ کتھ چھنہٕ افسانکہٕ پاُٹھی اُکس انسانہٕ سُنز تخلیق آسان۔ کانہہ انسان چھُ گوڈنیتھ کانہہ لوکُٹ یا بوڈ قصہٕ یا خیاُلی واقعہٕ بیان

کران۔ یُس اکہٕ پیٚیہ پٹھ ہیٚنِس پیٚیہ تام زبٲنی زبٲنی واتان روزان۔ وَن وٲلی چھِ اتھ ژٹھ واٹھ تہٕ کران، ہتھ پانٛژھی چھےٚ یہ سارنے لوکن منٛز بناوہو تہٕ وُنی ہو کتھ بنان۔ لُکہٕ کتھن منٛز چھِ انسانن، جاناوارن، چارواہن، دیون، جنن، پرٛیِن، الاہن بلاہن، تصرف دارن تہٕ باقے بالافطری زوزاژن مُتعلق قصہٕ بیان سپدان۔ اتھ چھُ عقید، پزھ تہٕ تاثرا ہم، ینہٕ چھےٚ اکثر لُکہِ کتھہٕ خیالی تہٕ غار عقلی آسان۔ امہٕ بوز لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ خیالی آستھ تہٕ کُنہٕ قومکی، سیاسی، سماجی، تواریخی تہٕ نفسیاتی حالات زانہٕ نس منٛز کُنہٕ نہ کُنہِ رنگہٕ مدد کران۔ یِتھ کالہِ اَسی لُکہ کتھہٕ وَن وٲلی خاص ماہر آسان یمن "کتھہٕ گُرٛی" وَنان اَسی۔ لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ باضے سماجی تہٕ اِنسانی قدرہٕ تہٕ اخلاق بہتر سمجھاونس منٛز تہٕ مدد کران۔

"کُتہٕ جہ بچہِ تہٕ الہٕ بیول" اکھ لُکہٕ کتھ، یوسہٕ ہنٛچھ ناوان چھےٚ زِ پرٛتھ زوزاژ سٟتۍ گژھہِ رُت سلوک گوڈھن۔ پرٛتھ کانٛسہِ سٟتۍ گژھہِ ہمدردی ورتاوُنی۔ یہٕ لُکہٕ کتھ چھےٚ "کاشُر لُکہٕ کتھ جلد نمبر 6" کتابِ منٛز ژٕلنہٕ آمٕژ۔ امہٕ کتاب ہنٛدی ترتیب کار چھِ غلام نبی آتش تہٕ یہٕ چھےٚ ریاستی کلچرل اکیڈمی طرفہٕ شایع سپدیمٕژ۔ غلام نبی آتش چھِ شاعر، محقق تہٕ ترتیب کار۔

### موخصر جواب

۱۔ جواب۔ وودُرٛی سُندِ رُت سلوک کرنہٕ سٟتۍ گیہِ کُتہٕ جہِ بچہٕ سنٛز رنگ ٹھیک۔

۲۔ جواب۔ چھانٛن ہیٚتھر ووکُتہٕ جہِ بچن ہُند اول تہٕ ہیٚنہٕ اُکس کُتہٕ جہِ بچس زنگ تہٕ۔

۳۔ جواب۔ ووڈُر گووسونہٕ ساوُٛی تمہِ ساتہٕ ییلہِ تمہٕ کُتہٕ جن سٟتۍ رُت سلوک کوٗر۔

۴۔ جواب۔ چھانٛن ییلہِ الہٕ زِ کھانٛتھ کرٛی تمہِ منٛز دراہِ بے شمار تُلرِ۔ تُلرو ہیٚچھ تمہٕ ساری باژِ ہتھ پانٛژھی موٗد چھان عیال ہتھ۔

۵۔ جواب۔ " کُتہٕ جہِ بچہٕ تہٕ الہٕ بیول لُکہٕ کتھہٕ پٔرتھ چھےٚ اسہٕ یہٕ نصیحت میلان زِ اسہِ پزِ پرٛتھ کانٛسہِ سٟتۍ رُت سلوک کرُن۔

### سیاق وسباق ہیٚتھ کرِ وضاحت

سیاق:۔ یمہٕ سطرِ چھےٚ " کُتہٕ جہِ بچہِ تہٕ الہٕ بیول" سبقہٕ منٛز کڈنہٕ آمٕژ۔ یُس غلام نبی آتش صابن ترتیب چھُ دیُتمُت۔

سباق:۔ یمن سطرن منٛز چھِ وننہٕ یوان زِ اسہِ پزِ پرٛتھ زوزاژ سٟتۍ رُت سلوک کرُن تہٕ ہمدردی ورتاوُنی۔ ظالم سُند انجام چھُ آخرکار سیٹھاہ عبرتناک تہٕ کربناک آسان۔ اَسی چھِ دِچھان زِ کتھہِ کُنی چھُ ووڈُر رُت سلوک کرِتھ مالامال سپدان تہٕ چھان کُتہٕ جین ہُند اول نہناوِتھ تہٕ کُتہٕ جہِ بچس زنگ پھٕٹرٲوِتھ ولہٕ ہرشہٕ تہٕ موتکس زالس منٛز پھسان۔

### لفظن لیکھو مانے

| | |
|---|---|
| ۱۔ لونگ | یُس اکھ زنگ پھُٹمُت آسہِ۔ |
| ۲۔ اون | یُس نہٕ اَچھن گاش آسہِ |
| ۳۔ کون | یُس اَکِس اَچھِ نوقص آسہِ |
| ۴۔ شور | یُس اَچھس ترٲے آسہِ۔ |
| ۵۔ پھوپھ | یُس کجر گوٗھان آسہِ |
| ۶۔ چور | یُس نہٕ عقل کام کران آسہِ |

## کُس کیاہ کامُ چھُ کران

۱۔ آرم ۔ سبزی ووپدان وول

۲۔ چھان ۔ لکٔر دارِ درواز بناون وول

۳۔ کرال ۔ کترٕ بانہٕ بناون وول

۴۔ ووٗر ۔ ژادر بناون وول

۵۔ سوز ۔ سون کٔنن وول

۶۔ ٹھانٛٹھُر ۔ ترامہِ بانہٕ کٔنن وول

۷۔ دودٕ گور ۔ دود کٔنن وول

۸۔ کانڈر ۔ ژوچہِ بناون وول

۹۔ دانٛدر ۔ سبزی کٔنن وول

## موخصر جواب

۱۔ جواب ۔ اسہِ گٔیہ تٔس کُتہِ جہِ بچس ستہِ ہمدردی یٔس سُنٛز زنٛگ پھٹرٕ اوسہٕ آیہ تِکیاز سہٕ آولنٛگ کرنہٕ۔

۲۔ جواب ۔ اسہِ گٔیہ چھانٛس ستہِ نفرت تِکیازِ تٔمی پھٹرٕ اوٗ کُتہِ جہِ بچس زنٛگ۔ اکھٕٹے نبناؤن جھنٛد اول تہِ۔

۳۔ جواب ۔ اسہِ آو ووٗ رُسُنٛد کردار پسند۔

## خلاصہٕ چھُ آمٕت گوڈے لیکھنہٕ

۸۔ جواب۔

راولپورہ سرینگر

۲۰ اپریل ۲۰۲۰

میانہِ ٹاٹھِ یار

السلاعلیکم

وومید چھم زِ ژٕ آسکھ وارٕ پأٹھی ۔ رات وُچھم وارِیاہ شُری وٕدٕ ٚعمن جاناوارن کنہِ لایان تہِ جھنٛڈی اُلی نبناوان۔ مگر یہِ گٔیہ نہٕ انسأنت۔ تِکیازِ انسانیت چھیٚ یہِ زِ اسۍ کرو پرتھ کانٛسہِ خأطر سازگار تہٕ دیہِ ٚون ماحول پأدٕ۔ یہِ کتھ پزِ آسہِ ذہن نشین کرٕنۍ زِ اللہ تعالیٰن چھُنہٕ کانہہ تہِ چیز کانہہ تہِ مخلوق بےٚ فضول پادٕ کٔرٕ ی ہو بلکہ ہر کانٛسہِ ہُنٛد چھُ کانہہ نہ کانہہ رول۔ لہٰذا پزِ اسہِ یمن رأچھ تہٕ رفاقت کرٕنۍ۔

چون بوے

جان صأب

سبق: ستھ

# میٚتہِ توٚگ نہٕ کیٚنہہ

## خُلاصہ

میٚتہِ توٚگ نہٕ کیٚنہہ چھُ اختر محی الدین سُند لیوٚکھمُت افسانہٕ۔

محمد تلہٕ ووٚنی چھُ اکھ غریب، بے کس تہٕ سیٚوٚ دساد تلہٕ ووٚنی۔ تُسند روزگار چھُ پچلس تیٚل کڈُن تہٕ مزوٗریاٗ مُھی پانس کیٚتھ تہٕ پنٕنس داندس کیٚتھ کھین چین کماوُن۔ تس چھُنہٕ پنٕنس داندس ورا‍ٓے بیٚیہٕ کانہہ پنُن۔ تہندس داندس چھُ ناو بدرٕ۔ سُہ چھُ بدرس رٕخ رچھان تہٕ تسی دستی کتھ کران۔ سُہ چھُ اکثر پنٕنس تلہٕ وا‍ٓنی وانس منٛز ے روزان۔ اتھ تلہٕ وا‍ٓنی وانس چھِ صرف زٕ کُٹھر، اکھ گان تہٕ بیٚیہٕ ڈینگُج۔ محمد تلہٕ ووٚنی چھُ مران تہٕ محلہٕ وا‍ٓلی چھِ تس دفن کران۔

کیٚنہہ دوہہ گژھتھ چھُ محمد تلہٕ وانہِ نہٕ جایہِ کھوٚرِ پٹھ پنچاٗتھ لگان۔ تہندی دور دراز رشتہٕ دار چھِ سمتھ آمتی۔ تِم چھِ منگان پنُن پنُن حصہٕ۔ کانہہ فیصلہ چھُنہٕ کانسہِ منظور۔ محمد تلہٕ وانٕیُن داند بدرٕ چھُ کھین چین تراوان تہٕ زٕ ژور دوہ گژھتھ چھُ سُہ تہٕ مران۔

# زان

اختر محی الدین زاو 1928 ۔یس منز تہٕ 2001 ۔منز گوٚو سُہ عالمہٕ۔ سُہ چھُ کاشرِس منز سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ افسانہٕ نگار۔ تمۍ چھےٚ ناولہٕ تہٕ ڈرامہٕ تہٕ ڈراماتہٕ ۔ تمی بنٛزٕ کینہہ کتابہٕ چھےٚ: ستھ سنگر، سونزل، دُنِ ماتم، دوٚد تہٕ دگ، جہنمک پٔنن پٔنن نار...... بیترِ۔

## سوال جواب

1۔ یتھ افسانس منز یُس واقعہ باونہٕ آمت چھُ، سُہ لیکھو پننین لفظن منز۔

جواب:

محمد تلہٕ ووٚز چھُ اکھ غریب، بے کس تہٕ سیٚز دساوٕ تلہٕ ووٚز۔ تٔسند روزگار چھُ پھلس تیل کڈُن تہٕ مزورِ پاٹھۍ پانس کیتھ تہٕ پننِس واندس کیتہٕ حسن چھین کماوُن۔ تٔہندس واندس چھُ ناو بدر۔ سُہ چھُ بدرس تہٕ رچھان تہٕ تسی بتہٕ کتھ کران۔ سُہ چھُ اکثر پننِس تلہٕ واٚز وانس منزٕ روزان۔ أتھ تلہٕ واٚنی وانس چھِ صرف زٕ کُٹھۍ، اکھ گان تہٕ بیٚیہ ڈٔنگ۔ محمد تلہٕ ووٚز چھُ مران تہٕ محلہٕ واٚلۍ چھِ تس دفن کران۔

کینہہ دوہ گژھتھ چھُ محمد تلہٕ وانہِ نہ جایہ کھوٚرِ پٕٹھ بنچاٹھ لگان۔ تٔسندۍ دوردراز رشتہٕ دار چھِ سمتھ آمتۍ۔ تمن چھِ منگان پنُن پنُن حصہٕ۔

کانہہ فیصلہ چھنہٕ کانسہٕ منظور۔ محمد تلہٕ وائین داند بٔدرٕ چھ کھمن چھن

تراوان تہٕ زٕ ژورددہ گژھتھ چھ نہٕ تہٕ مران۔

2۔ محمد تِلہٕ وٲنٕزِ سُند داند "بدر" کتھ پأٹھی مودٕ؟

محمد تِلہٕ وٲنٕزِ ہندی دور کرانگ اُشناولگی حصہٕ ژھارنہٕ کُس نیایس بتر۔

بٔدرٕ داندس دیُت نہٕ کانسہٕ کھمن۔ اوے موٚد۔

3۔ محمدی تِلہٕ وٲنٕزِ مرنہٕ پتہٕ کُس کُس رشتہٕ دار آو حصہٕ ژھارنہٕ؟

جواب: پوپھترس بأے سُند ہبر۔ ماٚلی سندِس ماسترِس بأے سُند زامتُر

بیتر۔

4۔ یتھ افسانس کیا زِ چھُ آمُت عنوان تھاونہٕ "مینتہٕ توگ نہٕ کینہہ"؟

جواب: افسانک رأوی چھُ پریشان گژھان زِ محمدی تلہٕ وأنٕس نے

زانہہ کانہہ رشتہٕ دار زانہہ خبرٕ اوس یوان، تمٕ ہندِ مرنہٕ پتہٕ کتہٕ آے یم تمی

ہندی رشتہٕ دار بٔنتھ۔ سأری لگی حصہٕ ژھارنہٕ۔ بٔدرٕ داندس دیُت نہٕ

کھنین چھن کانسی۔ اوے چھُ ونان مینتہٕ توگ نہٕ کینہہ۔

## مُختصر جواب:

1۔ محمدی تِلہٕ وٲنٕزِ کُس کاراوس کران؟

جواب: محمدی تلہٕ وٲنٕزِ اوس پھلس تیل کڈنک کار کران۔

2۔ ''بدرن'' بیناہ راوی وچھ کیاہ کور؟

جواب: بدرن گلہ ناوکاہ ہیر تہ کنن مانووان ناس ناس۔

3۔ محمد تلہ وانی کس متی اوس کتھ کران؟

جواب: محمد تلہ وانی اوس پننس داندس بدرس متی کتھ کران۔

## تشریح

وانج آیم یہ بوزِ تلہ ........... نخ نفرت۔

یم سطر چھے ''مینتہ توگ نہ کینہہ'' افسانہ منز ہنہ آمژ۔ یہ افسانہ چھ اختر محی الدین لیوکھمت۔

محمد تلہ وانی ہندِ مرنہ پتہ چھ تم سُند اکھ دوردراز رشتہ دار اپز ونان زِ تس اوس محمد تلہ وانی سُند نخ محبت۔ تم ہندِ مرنچ خبر بوزِتھ گوم نخ رنج۔

6۔

''مینتہ توگ نہ کینہہ'' افسانس منز چھے سارو سے کھوتہ زیادٕ نفرت گژھان محمد تلہ وانی نین دوردراز رشتہ دارن ہنز۔

''مینتہ توگ نہ کینہہ'' افسانس منز چھے سارو سے کھوتہ زیادٕ ہمدردی گژھان ''بدرٕ'' داندس متی۔

۷۔ محاورہ

i۔ بُتھ بُتھ دِنی = افسوس کرُن۔

تُرس گو وتماشہ کولہِ۔ تمی لاگ بُتھ بُتھ دِنی۔

ii۔ مجادلہ لاگُن = بحث کرُن۔

محلہ والو لوگ مجادلہ ز سڑکہ ہُند زمین کُم کھیزو۔

iii۔ پھلہ پھلہ کرنہِ: پھٹراوتھ ٹکر کرنہِ

وادن کرغریب مزوُر ہنز پہر پھلہ پھلہِ۔

iv۔ پوش لگنی = بیقرار گوھُن

تیھے تمی یہ وچھس تس لگو پوش۔

v۔ دون اُچھن کھرُن = سخ نفرت کرنی

تس چھے تھسکہ تھسکھو۔ مے چھ نہ اوے دون اُچھن کھران۔

vi۔ بمنہ مامنہِ ہندی ژنہِ آشناو = سبٹھاہ دورِکی رشتہ دار

محمد تِلہ واُنی نہ مرنچ خبر بوزی تھے گےُ تمی ہندی بمنہ مامنہِ

ہندی ژنہِ آشناو جمع۔

vii۔ کاُنسہِ منز موُر رتہ پھوُر آسُن = سبٹھاہ توُتھ آسُن

نہ چھ ماُلس ماجہِ کُن اولاد۔ دوشوُنی باُژن چھ تمی بے منز موُر

تہ پھور۔

viii۔ نہ لیف نہ الیف = کا نہ تعلق نہ

مے اوس نہ تہندس نیالیس بتر نہ لیف نہ الیف ۔ بہ راس۔

ix۔ ناو کڈن = مشہور کرہ ٹھن

نہ چھنہ سار نے مدد کران۔ او ے چھنہ ثو کا مس منز ناو

کو ڈمت۔

رنگن ہندی ناو:

گر: چھت کاثر

ہوم: سوز رنگہ بلکہ سیاہ

کوژ: بلکہ زرد

بومبوز: تیز کرہ ٹھن

ہور: نیچل

پیشہٕ تہٕ کار

تلہٕ دوز: یُس پلون تلہٕ کام کران آسہ۔

کانٛیل: کانہٕ سامان وونن وول

کرال: میژ بانہٕ تھُرن وول

موٗچ: بوٹ بناون وول یا ثیرن وول

پھیرِ وول: ییٚس جایہِ جایہِ سامانہٕ کنان آسہِ ۔

کھنڈ واو: شال وونن وول

وازٕ: مختلف سۭز رنن وول

زہن ساز: گُری سوارِ باپت چمڑُو زہن بناون وول

سازٕ گر: میبرِ نی پآراون وازنۍ

مرکبان: گُری سوآرۍ کرناون وول ۔

کانڈر: ژوچہِ بناون وول ۔

وارِنٛز: سوزنانہٕ یوٚبہٕ پزنٕس منز مدد آسہِ کران ۔

بُہُر: عام ضرورتُک سامانہٕ کنن وول ۔

# روپیہ افسانہ

جواب 1. مُجہ چھُ لگان ونن زِ اگر لکھ کُلو ژٹان روزن، وَن گژھن غاب
وَن اگر غاب گژھن ملک گژھہ برباد۔ ہوا گژھہ گرم۔ جاناوار
ژلن۔ کھین ووپد نہٕ فصل۔ کولہٕ تہٕ ناگ ہوکھن۔

2. "روپیہ" افسانس منز چھُ مرکزی خیال زاسہ پیٹھ جنگلان ہنز راچھ۔
اگر اکھ کُل ژٹو، دہ کُلو پزن دُوِن۔ اگر جنگل وجاہ گے، ملک گژھہ
برباد، ہوا گژھہ گرم۔ جاناوار ژلن۔ کھین ووپد نہٕ فصل۔ کولہٕ
تہٕ ناگ ہوکھن۔

3. رمضان، چھُ جاہل، خودغرض تہٕ بد دماغ۔ تَس چھُنہٕ روپیو ورأے
بیٚیہ کینٛہہ لوٗوٹھ۔ سُہ چھُ شہری زندگی پسند کران۔ سُہ چھُ لکن جنگل
لوٗٹتھ روپیہ کماونس پیٹھ آمادٕ کران۔ سُہ بیٚیلہ وارِیاہ کالہٕ شہل تہٕ
شہجار چھاونہٕ گام لھوڑتے۔ تمہٕ وُچھ لکھ آسی دولتمند بنیمتی۔ مگر سارے
کولہٕ آسہ ہوٚکھ چھمتہٕ۔ ہوا اوس نار چھکان۔ جاناوار آسی گام ترأوتھ ژلی متی
گٔمتہٕ اوس نہٕ کانٛہہ سبزار کھیہٕ آسی ~~[illegible]~~ ہوکھی متی۔ سورے گام اوس
دُرد ون باسان۔ کانٛسہ اوس نہٕ کانٛہہ سوکھ۔

## مختصر جواب

1. مُجہ گوو پریشان تکیاز لکھ آسی جنگلن لوٗٹ کران۔
2. لکن گٔیہ لالچ۔ تمو دوٚپ جنگلکی کُلی ژٹتھ زینو آسی وارِیاہ روپیہ۔
3. رمضن اوس لکن جنگلس لوٗٹ کرتھ روپیہ کماونس پیٹھ آمادٕ کران۔
4. "روپیہ" افسانہ ذریعہ چھُ افسانہ نگار یہ پیغام دین یژھان زِ ملک
روزِ تیلی آباد تہٕ خوشحال ییٚلہ جنگل محفوظ آسن۔

4. بوٚت بروٚنٛہ حوالہٕ دِتھ کٔرِو یِمن سطرن ہٕنٛز وضاحت پٮ۪نہٕ نٮ۪ن لفظن مَنٛز

اسہِ چھُنہٕ ژکہٕ .............. تبدیل کٔرِتھ

صفحہ نمبر 63 ، سطر نمبر ۱۰ ۔

یِم سطر چھےٚ "زٕ روپیہ" افسانہ مَنٛز نِنہٕ آمٕژ۔ یہ افسانہ چھُ گلشن مجیدن لیوٚکھمُت ۔

یِمن سطرن مَنٛز چھُ رمضن ٹکُن کَل کٔڈان زِ تِمن پٮ۪ٹھ جنگلن ہِنٛدِ کُلہٕ ژٹِتھ روپیہ کماونہٕ ۔ امہ سٟتۍ ژٕلہ تِمن غربت ۔

5. رمضن چھُ ٹکُن وَنان جنگلکۍ کَل ژٹِتھ نہٕ کمٲیو روپیہ ۔ مگر چھُ ٹکٕ وَنان زِ جنگل چھُ زندگی اسہ پٮ۪ز جنگلن ہِنٛز رٲچھ کرٕنۍ ۔ آخرس پٮ۪ٹھ چھےٚ مجبورک ثابت سپدان ۔

Scanned with CamScanner

جواب ④ گُرِ وآلی دیُت گرٕ واجنہٕ جواب زِ گُرُ گٔژھم ٹیپنی سےٚ پیٚتس ہیوٚتمُت اوسُم۔

جواب ۱- "فآیدٕ" افسانُک بےناو کردار یا شخص چھُ غریب۔ 4II
سُہ چھُ پننہِ خانہٕ دارنِ ہِشی رُوزان۔ سُہ چھُ نہٕ کانٛہہ کام کار کرٕنۍ زانان۔ اکہِ دوہہ چھُ سُہ کتہِ تام گُرٕ لبان تہٕ دپان چھُ یہ کرِو ووٚن گُرِ بایار۔ سُہ چھُ سادٕ آسنس ہِشی ہِشی نادان تہٕ۔ سُہ چھُ بیٚیَن ہنٛز کتھِ پیٹھ یکدم بروسہٕ کران۔

جواب ⑤ یہ سطر چھےٚ "فآیدٕ" افسانہٕ منٛزٕ نِنہٕ آمٕژ۔ یہ افسانہٕ چھُ اومکار ناتھ کولن لیٛوکھمُت۔
گُرِ وآلس چھُ کُتام دوکھہ دِتھ گُرِ ہیتھ ژلان۔ سُہ ٹھگ چھُ تس پننی کانٛگر تہٕ کھراو حوالہٕ کران۔ گُرِ وول چھُ افسوس کران کران گرٕ واپس یوان تہٕ ونان چھُ پننہٕ زنانہِ زِ مےٚ کٕن گُرُ ٹیپنی سےٚ پیٚتس ہیوٚتمٕتے اوسُم۔ یعنی مُفتُک مال مُفتےٚ وتھ۔ پیٚتھ کُن روزِس ٹھگس ہنٛز کھراو تہٕ کانٛگر۔

جواب ⑥ لفظ ورتٲوِو۔
گرٕ واجینی، ہوان کٔنان، ہیرٲلی کتھ، خریدار آو، اعتماد سان۔

جواب ⑦ صحیح جواب ژارٕ کٔرِو۔
(جوابات) ۱) کُمچہ ۲) اومکار کولن ۳) کھوٚوان
۴) پیارےٚ ہناش - ۵) شوخ کرنٕچ چارٕ وآے۔

Scanned with CamScanner

(5) انسان چھُ پننہِ فایدِ خاطرِ یِتھہٕ اکس زوٗ ژ آژ یتھہِ نااِنصافی کران ۔ آلبس تہٕ ہیوٚہس اولوٗدٕ کران ۔ لاوڈ سپیکر وسیتہٕ تہٕ گاڑین ہنٛد شور یتھہٕ چھُ پانس تہٕ باقین آرام حرام بناوان ۔ اَدٕ موکہ چھُ انسان اصلی مجرم مانٕنہٕ یوان ۔

## رُباعی

رباعی چھ تتھ ژُ مِصری شعرس وَنان یتھ منٛز گوڈنِکس، دوٚیمس تہٕ ژوٗرمس مصرس ییوٚے قافیہ چھُ آسان ۔ رُباعیہ منٛز چھُ مکمل خیال موختصر پاٹھۍ باونہٕ یوان ۔ رُباعی چھُ عربی زبانٕ ہنٛد لفظ ۔ لُغت منٛز درامت "رُباع" ، گو ژور "الرباعی" گوٚیس ژورو سیتہٕ بنیومت آسیہ ۔ یتھہٕ کانٛہہ ژوٚر مصری شعر چھُ اکھ رباعی بناوان

(3) (س) یمن کردارن متعلق لیکھو موختصر نوٹ :

(۱) کامہِ دیو :- کامہِ دیو چھُ پرانین کتھن منٛز اکھ دیوتا باونہٕ آمت ۔ سہٕ چھُ خوشکل، لوکن تہٕ عشقُک دیوتا زاننہٕ یوان ۔

(۲) پلیوشن :- یعنی آلودگی چھُ "مجرم" ڈرامس منٛز انسانہٕ ہندین اتھن منٛز اکھ لاچار کردار ۔ سہٕ چھُ تیلے یِیلہٕ انسان پننہِ خود غرضی کنہ آب، ہواہ نہ ماحول آلوٗدٕ چھُ کران ۔

(۳) ڈل :- ڈل چھُ نہایت قدیم سر ۔ سہٕ چھُ کامہِ دیوس نِش فریادی یوان تہٕ انسان کیتہہ پاٹھۍ چھُ امہِ کِس آبس آلوٗدٕ کران ۔ ڈل چھُ انسانس کیٚنہہ بُڈ دولت ۔ مگر انسان چھُنہٕ امیُک قدر زانان ۔

سوال (4) یِم سطرٕ چھےٚ "مجرم" ڈراما منٛز نِنہٕ آمژٕ ۔ یہ ڈراما چھُ مجید مجازین لیوٚکھمت ۔

یمن سطرن منٛز چھُ پلیوشن کامہِ دیوس نِش پانس متعلق وَنان تہٕ میون تاو بوزِتھے چھےٚ لکن نفرت گژھان ۔ پلیوشن چھُ پوش، گُل، وَن، کولہِ کھران تہٕ تہی چھےٚ یمن برباد کران ۔ امہِ علاوہ چھُ آلبس تہٕ ہیوٚہس آلوٗدٕ تہٕ کران ۔

# لیٖلا

س ا۔ لیٖلا شعرٕ صنفہِ پٮ۪ٹھ مختصر نوٹ:۔

ج۔ لیٖلا چھےٚ بٔکھتی باوٕچ شاعری، یتھ نظمہِ منٛز بھگوان، دیوتاہن تہٕ دیوٚن ہُنٛد تعریف تہٕ عقیدتہٕ سان باونہٕ یِوان چھُ، تتھ چھِ لیٖلا وَنان۔ شاعر چھُ لیٖلاین منٛز یَژھِ تہٕ پَژھِ سان دیوتاہن تہٕ دیوٚن ہنٛدی تعریف کران، تمن ہُنٛد کانٛہہ بالافطری واقعہٕ بیان کٔرِتھ تِہنٛد تجرباوان تہٕ دَیا کانٛچھان۔ لیٖلا ہیٚکہ گٔنہِ تہِ فارمہِ منٛز آسِتھ۔ کأشر زبٲنۍ ہنٛدی مشہوٗر لیٖلا گوشاعر چھِ پرمانند، پرکاش رام، کرشن جوٗ رازدان بیترِ۔

س۔ مختصر جواب لیٚکھو۔

ج ا۔ شوناتھن وول اوٚکنۍ اسمانہٕ سوٗنہٕ شیٖن زِلوٗ کوکرِ کتھہٕ زِمہرازِ چھُ ژھورُے آمُت مہرنی نِنہِ۔

ج ۲۔ سوٗنہٕ شیٖن پیوٚ وتیوٚت زِیادٕ زِمکانن ہنٛدی پٔش آیہِ بڑٕۍ بٔڑۍ۔ لوٗکن گوٚ وخطرٕ زِمکان گژھی نہٕ شیٖنہٕ کہِ بارٕ ستۍ وٕسی پیٚنۍ۔

س ۳۔ خلاصہ لیٚکھو۔

جواب۔ یہِ لیٖلا چھےٚ کٔشیرِ ہنٛدی ناماوار شاعر کرشن جُو رازدانن وٕنۍ مژٕ۔ اتھ لیٖلایہِ منٛز چھُ شاعرن شوراتری ہُنٛد منظر پیٚش کوٚرمُت۔ امہِ دوہہٕ چھُ شوجیس وجیس تہٕ پاروتی کھاندرسپدان۔ اتھ شاد، ہنٛدس دوہس پٮ۪ٹھ چھُ سبٹھاہ شیٖن پیوان۔ اماپوٚ زیہِ شیٖن چُھنہٕ عام شیٖن، یہ چھُ سوٗنہٕ پھکھ سارِنۍ گرن ہنٛدی آنگن تہٕ پٔش چھِ بٔرِتھ یِوان تہٕ لُکھ چھِ شأدی یانہٕ مناوان۔

س ۵۔ یِمن محاورن کٔرِ ووضاحت۔

ا۔ زِپھ کُرن = بھگوان سُنٛد دیان رٔٹِتھ مالہِ ہنٛدی پھلی پھرٕنۍ۔

۲۔ نٮ۪ترِ کی لال = أچھن ہنٛدی لال

۳۔ ژالوژالواوٗش تراوُن = سبٹھاہ وڈُن۔ وارِیاہ اوٗش تراوُن

س۶۔شأعرٕ سُنٛد ناو ہیتھ تہٕ سیاق وسباق سان کٔرِو یِمن شعرن وِیٛژھنے۔

تشریح:۔یِم شعر چھ کرشن جُو رازدان نہٕ لیٖلا یہٕ، منٛز نٕنہٕ آمِتۍ۔ یہٕ لیٖلا چھےٚ شِو پرٕ نے ناوٕ چہٕ زَ تٕچھ نظمہِ منٛز نٕنہٕ آمٕژ امُیک شأعر چھُ کرِشن جُو رازدان۔

شِو جی چُھ پنٕہٕ نٕس کھاندرس پیٹھ کُنہِ سو نہٕ تہٕ گہنہٕ رُستےٚ پنٛنہٕ مہرِ نی پاروتی نٕنہِ یوان۔ لُکھ چھِ کتھہٕ کران زِ یہٕ کیٛاہ سُپد۔ یندرازٕ چھُ لۄکن ہنٛدی آلو بوزان۔

شِو جی نہِ یِرٛھنہٕ چھُ ژووا پأری شیٖن وسان۔ مگر یہِ شیٖن چُھ سونہٕ سُنٛد آسان۔ شِو جی چھُ کرشن بھگوانٕس ونان زِ ژٕ ترا وخوش گرٛھتھ محبتُک اوش۔ تہٕ روز مالہِ ہنٛدی پھلۍ پھران۔ یِیٛلہ زن پش سونہٕ شینہٕ سٟتۍ بٔری بٔری آے۔

سبق نمبر۔۲ عنوان: نعت

سوال۱۔حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم صأبن پیٹھ چھِ ملأیک تہٕ رب کاینات درۄد سوزان۔

سوال۲۔اللہ تعالٰی ہن کوٚر حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم صأبس تھز ر، قرآن مجید، حوضِ کوثر تہٕ مقام محمۄد عطا۔

سوال۳۔حضوٗر صلی اللہ علیہ وسلم ہیوٚ ت نہٕ تمن انتقام یِمو تمن پیٹھ ظلم کوٚر تہٕ بیٚہ کٔرِکھ زخمی۔

سوال۴۔یِمن شعرن کٔرِ و وضاحت۔

(وضاحت) حضور صلی اللہ علیہ وسلم کوٚر تمن مُشرکن سٟتۍ تہِ رحم یِمو تم صلی اللہ علیہ وسلم زخمی کٔری۔ تمن ہیوٚ تکھ نہٕ بدلہٕ پرٛتھ اَکس سٟتۍ ورتٛو وکھ محبت۔ اللہ تعالٰی ہن کوٚر یِمن تھز ر، قرآن مجید حوض کوثر تہٕ مقام محمود عطا۔ بیٚہِ بنأ یکھ سارِنے پیغمبرن زِٹھی۔ حضور صلی اللہ علیہ وسلم سپدی معراج کِس موقعس پیٹھ اللہ تعالیٰ ہس سٟتۍ ہمکلام تہٕ امہِ علاوٕ اَسی یِم حضرت جبرائیلؑ سٕندِ ذریعہ تہِ خدایس سٟتۍ ہمکلام سپدان۔

س۔نعت صنفہِ متعلق لیٖکھو مختصر نوٹ؟

ج۔"نعت" چھِ تَتھ نظمہ نظمہِ ونان یتھ منٛز حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم صأبنہِ سیرتکۍ تہٕ صوٗرتکۍ تعریف آسن کرنہٕ

آئمتۍ ۔نعت چھُ یژھہِ تہِ پژھِ نبی کریمن ﷺ ہنٛد احترامہٕ تہٕ عقیدتی شاعری ہنٛدس دٲریس منٛز یوان۔ اتھ منٛز چھُ نبی ﷺ سٕنٛد حُسن و جمال، بجر تہٕ تھزر بیان یِوان کرنہٕ۔امہِ علاوٕ چھِ نعتس منٛز لفظ سبٕٹھاہ احتیاطہٕ سان ورتاونہٕ یِوان۔

| لفظ | مُتضاد | لفظ | مُتضاد |
| --- | --- | --- | --- |
| سنٛبر | تھزر | بوٚڑ | لوٚکُٹ |
| غلام | آغہٕ | دوٗر | نزدیک |
| ہونٛز | راد | کم | زیادہ |
| دوٗر | اَوِیُل | دوہ | راتھ |

## غزل۔ا

### خُلاصہٕ

یہ غزل چھُ محمد ایوب بیتابن لیوٚکھُمت ۔اَتھ غزلس منٛز چھُ شاعر پرانہ زمانچ کتھ کران ییٚلہِ ہر کانہہ خوش تہٕ خوشحال اوس۔لوکن اُس نہ کانہہ پریشانی۔سبزر تہٕ پزراوس۔کٔشیر اُس جنگلوٕ ستۍ آباد۔ سورُے ماحول اوس شوٗژتہٕ صاف۔ وولُریُس ووٗنۍ آلودٕ گوٚمُت چھُ اوس تیٚلہِ شیشہٕ پوٗٹ ہیوٗ۔امہِ کِس آبس منٛز اُس زوٗن بُتھ وچھان۔ وندس منٛز ییٚلہِ شیٖن پیوان اوس لۄکھ اُسی شاۍ دِی کران۔

### سوال جواب۔

سوال ا۔کُلہُم غزلہِ منٛز کیاہ چھُ شاعر باوان؟

جواب۔اَتھ غزلہِ منٛز چھُ شاعر باوان پرانہِ زمانچ کتھ ۔ییٚلہِ ہر کانہہ خوش تہٕ خوشحال اوس۔لوکن اُس نہٕ کانہہ پریشانی۔سبزر تہٕ پزراوس۔کشیر اُس جنگلوٕ ستۍ آباد۔سورُے ماحول اوس شوٗژتہٕ صاف۔وولُر

یُس ووٗنی آلوٗد گوٚمُت چھُ اوس تیٚلہِ شینہٕ پوٗ ٹ ہیوٗ۔ امہِ کِس آبس منٛز اٗس زوٗن بُتھ وچھان۔ وندس منٛز ییٚلہِ شین پیوان اوس لوٗکھ اٗسی شاٗدی کران۔

سوال۲۔ شاعرس کیاہ چھُ یاد پیوان زِ سہ کمہِ ستیٚ اوس خوش گژھان؟

جواب۔ شاعرس چھُ یاد پیوان زِ تہندِ لوکچارٕ اوس نہٕ ماحول آلوٗد۔ سہ اوس خوش گژھان زوٗن وُچھِتھ۔ زونہٕ گاہ اوس صاف شفاف سرن منٛز گہہ تراوان۔ سونتہٕ اٗس ساٗرے کٔشیر سِنڈ جہِ پھلیہ ستیٚ بٔرِتھ آسان۔ تہٕ وندس اوس سبٹھاہ شین پیوان۔

سوال۳۔ شاعر کیا زِ ونان زِ وولرس چھُ ڈوپنہ بنیو مُت؟

جواب۔ لوکو چھُ وولرُک واریاہ حصہٕ پُرمُت تہٕ امہِ کِس زمینس پٮ۪ٹھ چھکھ قبصہٕ کوٚرمُت۔ امیُک علاقہٕ چھُ ژمیومُت تہٕ امیُک آب چھُ گندٕ گوٚمُت۔ توَے چھُ شاعر اَتھ اَتھ ڈوپنہ ونان۔

## اصطلاحن ہنٛز وضاحت

مطلع: مطلع گوٚ وغزلُک گوڈنیُک شعر یَتھ دوٚنوٕنی مصرعن قافیہ رلان چھُ۔

مقطع: مقطع گوٚ وغزلُک پتم شعر یَتھ منٛز شاعر پٔنُن ناو ''تخلص'' ورتاوان چھُ۔

غزل: غزل گوٚ وسہ بٲتھ یتھ منٛز سارنے مصرعن وزن تہٕ بحر برابر آسہِ۔ امکی شعرٕن اٲکی سےٕ لیہِ منٛز گوٚ نہٕ۔ غزلس منٛز چھُ اکہِ مصرعہٕ پتہٕ بییِس مصرعس قافیہِ رلان۔ امہِ علاوٕ چھُ غزلہٕ کِس پرٛتھ شعرس تہٕ بیٚون بیٚون معنی نیران

## شعرن ہنٛز وضاحت

یتھ جایہ۔۔۔۔۔۔ راتچ کتھ

اَتھ شعرس منٛز چھُ شاعرونان زِ یتھ جایہ ازکہنی تہِ ووپدان چھُنہٕ تَتھ جایہِ اوس کیٚنہہ کال برونٹھ جنگل۔

ہُتہ ڈوپھس۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔ راتچ کتھ

کینْہہ کال برونٹھ اوس وولُر واریاہ بۆڈ۔ امیُک آب اوس صاف شفاف۔ اَتھ منٛز آس زۄن گہہ تراوان۔ مگر از چُھ یہِ موژ یومُت۔ یہِ چھُ گندٕ آبُک کھوڈ ہیوٗ باسان۔

مرکب لفظ

''بَل'' پۆت لوٗگ وأٹتھ بنا وِ ویمن لفظن نٔوی لفظ:

ڈ دونٕ+بَل = ڈونہٕ بل: یارٕ+بَل یارٕبَل =

گوپھ +بَل = گوپھٕ بَل = بونٕ+بَل = بونہِ بَل:

سمن +بَل = سمن بَل

جنس

یم لفظ کٔر یو کھ تتھٕ پأٹھۍ جُملن منٛز استعمال زِ یُہند نر یا مادٕ آسُن گژھِ واضح۔

زۄن : زۄن چھےٚ أکس پکھپس ژمان تہٕ بێیس پکھپسِ وٕٹھان باسان۔

سِریہِ : سِریہِ چھےٚ زمینس حرارت دِوان۔

گرٕ : سارنےٕ گژھِ پُنن پنُن گرٕ آسُن۔

لول : مےٚ چھُ تُسند سخ لول آمُت۔

ونٕ : یہسکُ ونٕ چھُ سخ کریوٗٹھ۔

قلم : یہِ قلم چھےٚ نۆو۔

کتاب: کتاب چھےٚ ٹیبلس پیٹھ۔

ٹرم: دوم　　　　کرٗ اُج ٹُلان ہی مالہِ گرِ فساد　　　　جماعت: نویمہ

''کرٗ اُج ٹُلان ہی مالہِ گرِ فساد'' چھَ اکھ مثنوی۔ یہ چھَ ولی اللہ متوصاُبن لیٚچھ مرٕژ۔ اتھ منٛز چھےٚ بلہِ پور کِس رازٕ بلد یوسٕنٛزِ کورِ ''ہی مالہِ'' تہٕ تلپا تال کِس شہزادٕ ناٗ گر رائے سٕنٛز عشقہٕ دٔلیل۔ ناٗ گر رائے اوس تل پا تالس منٛز پنٛن عیال ترٛاُوتھ بلہٕ پوٗر آمُت ییٚتہٕ ہی مالہِ سٟتی محبت گوس۔ تلپا تالہٕ پٔتھ آیہِ ناگر رائے سٕنٛز گرٕو واجینٛز کرٗ اُج لاگِتھ بلہٕ پوٗر ژھارنہِ۔ سو چھَ ناٗ گر رائیس اکھ پوشہِ مال ڈٲلہِ رٔنگرانان۔ یہ چھَ ہی مالہِ ونان زِ ناٗ گر رائیس وٗنی زِ پنٛنہٕ اصلی ذات ہاوُنی تہٕ یہ بوٗزی تھےٚ ووٗتھ ہی مالہ اوٗش دد رایہِ۔ ماجہِ گوٚ ونہِ کورِ ہُند وُدُن برداش تہٕ ووٗننس ناٗ گر رائیس وُنُن زِ سہ ہاوِن پنٛنہٕ اصلی ذات۔ سٟتی ووٗننس زِناٗ گر رائے ژٕلہِ اکہِ دوہ تس ترٛاوِتھ۔ کرٗ اُج چھَ ہی مالہِ ناٗ گر رائس نفرت کرنٕچ کوٗشش کران۔ کرٗ اُج چھَ اُمس اکھ پوشہِ ٹھر دِتھ ونان زِ ناٗ گر رائیس وٗنی زِ تل پا تال کھوسٕوٕ زِ سلام۔ یہ بوٗزی تھےٚ چھَ ہی مالہِ حالت خراب گژھان۔

**موخصر جواب لیکھو۔**

سوال۔ کرٗ اجہِ کیٛازِ اوس پوشہِ پھوٗتِس منٛز کھور بانہٕ تہٕ اوٗ تُمت؟

جواب۔ کرٗ اجہِ اوٗس پھوٗتِس منٛز کھور بانہٕ تہٕ اوٗ نُمت، تِکیازِ اُمس اُس ہی مالہِ ناٗ گر رائنٛز اصلی ذات ہاوِنی تہٕ اُہندِس دِلس منٛز ناٗ گر رائنٛز نفرت پاٗدٕ کرٕنی۔

سوال۔ کرٗ اجہِ کیاہ شیچھ تھاٗو ناٗ گر رائیس؟

جواب۔ کرٗ اجہِ تھاٗو ناٗ گر رائیس یہ شیٚچھ زِ تلپا تال کھوسٕوٕ زِ سلام، یعنے تلپا تالکی اُسی ژھاران۔

سوال۔ کرٗ اجہِ کِتھٕ کٔنٛز ٹُل ہی مالہِ گرِ فساد؟

جواب۔ کرٗ اجہِ اُنی اکھ پوشہِ مال ڈالہِ رٔنگرِ ناٗ گر رائیس تہٕ دِژن ہی مالہِ اتھِ۔ اِمہِ علاوٕ اُنی اکھ پوشہِ ٹھر تہٕ تہٕ بیٚہِ ووٗنُن ہی مالہِ ناٗ گر رائیس اصلی ذات ہاونہٕ خاطرٕ وُنُن۔

سوال۳۔ شأعرسُنْد ناوتہٕ سیاق وسباق دِتھ کٔرِو یمن شعرن وضاحت:

سلاما تھأوِو زبس کٔرِ زبس کلاما

ژےٚ تلپاتال کُو سوٗزِے سلاما

تسلی بأژ نےٚ ہُنْد گومُتہٕ چھُے

کٔمِس تاژ کھیوٚمُتہٕ ما کوٗنشہِ کھورچھُے

یہٕ کتھ بوٗزِتھ مُرن ہیوٚت ہی مالے

کمو تارو ژُرن ہیوٚت ہی مالے

جواب۔ یِم شعر چھِ ''کرٛاج تُلان ہی مالہِ گرِفساد'' مثنوی منٛز نِنہٕ آمتۍ یوسہٕ ولی اللہ مُتوٗ لیٚچھمٕژ چھےٚ۔ شأعر چھُ ونان زِ کرٛاجہِ وۄن ہی مالہِ نأ گر رائیس حال پرٛژھنہٕ خأطرٕ تہٕ بیٚیہٕ وۄنِس تلپاتال کِنہٕ ہنٛز سلام وننہٕ خأطرٕ۔ کرٛأج چھَ بوٗژہٕ کھورہٕ یتھ نأ گر راہن اصلی ذات ظأہر کرنچ کوٗشِش کران۔ یہِ بوٗزِتھے چھَ ہی مالہِ حالت خراب گژھان۔

سوال۲۔ صحیح جواب ژأرِو۔

۱۔ مثنوی ہِنْد ہن شعرن ہنٛز گرنْد چھےٚ واتان۔ (ساسن تام)

۲۔ مثنوی ''ہی مال نأ گر رائے'' چھےٚ لیٚچھمٕژ۔ (ولی اللہ متوٗہن)

۳۔ ''آکھ'' لفظس چھُ معنی: (یُن)

۵۔ مثنوی ہِنْد پرٛتھ شعرٕکی دۄنوٚے مصرعہٕ چھِ آسان: (ہم قافیہٕ تہٕ ہم رٕدیف)

۶۔ لیلا گوٚوشأعر چھُ: (کرشن جُو رازدان)

سوال ۷۔ ''کرٛأج تُلان ہی مالہِ گرِفساد'' اقتباسُک خلاصہٕ لیکھِو پننہٕ نِن لفظن منٛز؟

جواب۔ (امہِ باپتھ وُچھو گوڈنیک سوال یعنی خُلاصہٕ)

Scanned with CamScanner

سوال ۸۔ یمن نرناوتن ہنٛدی ماد ناوِ تی لیکھو۔

| نرناوِ تی | ماد ناوِ تی | نرِ ناوِ تی | ماد ناوِ تی |
| --- | --- | --- | --- |
| شال | شأج | کرٛال | کرأج |
| اؤن | أنی | چھان | چھأنی |
| پٹھان | پٹھأنی | وۆنٹ | وۆنٹنی |
| موغل | موغلأنی | وِدُون | وِدِونی |

انسان کُن

یہِ نظم چھُ عبدالاحد آزادن لیچھ مٕژ۔ اتھ نظمہِ چھِ آزاد صأب أ ِکس انسانس، انسان آسُنک تھۆد مقام یاد پاوان۔ انسان سٕنٛز پٕرزنتھ چھےٚ تٔمی سِنٛد گاٹہٕ جارُک نوٗر آسُن مگر سُہ چھُ وتہِ ڈٔلتھ جہالژ منٛز ہنہٕ آمُت۔ سُہ اوس اکھ پرٛزلوٗن تارُک مگر غفلژ وَتھ رٔٹتھ چھُ سُہ گٹن منٛز گیر گوٚمُت۔ شأعر چھُ ونان زِ انسان اوس یتھ دُنیاہس منٛز اکھ أ ِکس ءِستی ماے محبت بأگراونہٕ خأطرٕ آمُت مگر سُہ بُنیو وسنگدِل تہٕ کوٚرُن پننِس ایمانس لرٕ پار۔ خدا این کرےٚ لیس بےشمار دولت عطا مگر عأش عشرتس منٛز مس مدہوش روٗزِتھ گٔیس۔ انسأنی یت مُشِتھ۔ انسان روٗد بدر سمن ہنٛز وتہِ پیٹھ ڈٔٹتھ۔ انسان چھُ اپُز ہمدردی ہأوِتھ لوٗکن دھوکہٕ دِوان مگر یہِ گُرِتھ چھُ یہِ پنُن أخرت خراب کران فتنن، فسادن، دہند أری ہُنٛد ناو دِتھ چھُ یہِ انسان پننہِ دژ اژِ ٹوکھ دِوان۔

سوال ۲۔ یمن شعرن کُرِ و وضاحت۔

تھوینےٚ قدرتن پننہٕ نٕن خزانن ٹھان منٛز رأ وِتھ

ژےٚ اوسُے بأگرأ وِتھ کھۆن بنیو کھ شہمار انسانو

محبت بأگراوُن رکیت کریوکھ قدرتن پأدا

ژے لوگُتھ دِین وایمانس کرُن باپار انسانو

شاعر چھُ یمن شعرن منز انسانہٕ سنٛز خود غرضی باوان۔ سُہ چھُ ونان زِ انسانس کرےٚ یہِ قدرتن بے شمار دولت عطا تاکہِ سُہ کرِ غریبن تہٕ محتاجن اتھ روٗٹ مگر تمۍ کرۍ یہِ دولت پننہٕ نوعاشو خاطرٕ خرچ۔ خداین کرےٚ یوٚ وپاٛدٕ زِ سُہ بٲگراوِ باقین سٟتۍ مایہ محبت مگر اَمِس انسانس گیہِ یتھ دُنیاہ کِس لوہ لنگرس منز سٲری مشِتھ۔

## میوٚن ہمسایہ

محمد ایوب چھُ میون ہمسایہ۔ تُہندٕ مکانہٕ چھُ بِلکُل سأنِس مکانس سٟتۍ۔ یہِ چھُ ڈاکٹر تہٕ چھُ پنٛنی کام اصل پأٹھی انجام دِوان۔ اگر راتھ کیٛتھ کانٛہہ گرٕ ہس تمِس تہٕ چھُ کُنہِ شرارتہٕ روٚس علاج کران۔ یہِ چھُ میوٚن اکھ رُت ہمسایہ۔ اَمی چھُنہٕ ازتام کانٛسہِ زخ واتھو ومُت۔ اَمِس چھُ اسلأمی ذیہن تہٕ چھُ پانٛژھ وقت نماز مسجد منز پران۔ یہِ چھُ ہمیشہِ غریبن تہٕ محتاجن مدد کران۔ یہِ چھُ سأرنٕے ہمساین سٟتۍ رُت سلوک کران۔ اَمِس چھَ اکھ کوٗر تہٕ اکھ لڑکہ یم دوشوے کالجہِ پران چھِ۔ یم دوشوے بازنی چھِ سٹھاہ نیک تہٕ شریف۔۔۔۔۔۔چھُ پننہٕ رِتہِ ورتاوٕ سٟتۍ سارنٕے ہمساین ٹوٹھ۔

## سبق: خاندرنامہ (خلاصہ)

یہِ چھُ اکھ مزاحیہ۔ یہِ چھَ لالہ لکھمن صاٗبن لیچھ مژ۔ اتھ نظمہِ منز چھَ اکہِ خاندرِچ لڑآےباونہٕ آمژ۔ لکھمن صاٗب اَسی اکہِ دوہ کستانی مہرازس سٟتۍ سالس گأمٕتۍ۔ کورِ مألۍ ہنٛدِ گرٕ وٗتھ نیاےتہٕ سپٕر لڑآے۔ شأ چھُ ونان زِ یٛلہ اَسی کورِ مألۍ سُندٕ گرٕ وأتی تتہِ وٗتھ کیا ہتام معموٗلی نیاےتہٕ وُچھان وُچھان گیہِ سخ لڑآے۔ اتہِ تُج لۄکو پانہٕ وأنی ٹاپو سٟتۍ ٹاسہٕ رارٕ ے۔ اتہِ اوس اکھ عزتہٕ وول شخص یُس ناواوس قونگوے صاٗب۔ اَمی کرےٚ یہِ لڑآے رُکاونٕچ کوٗشش مگر اَمِس تہِ پیہِ چوب۔ اتہِ اوس گٔلی کا کھ تہٕ سالس آمُت، اَمِس بچأرِس پھاٹہٕ نوٗ کھڈ بکہٕ۔ زنانہٕ تہِ گیہِ اتہِ زخمی۔ لنگرس کوٚر اتہِ لۄکو لوٗٹھ۔

## موخصر جواب لکھو۔

سوال ١۔ سُرِوندکؤ رِس کتھی سالری أسی ٿی؟

جواب۔ سروِندکؤ رِس أسی انسانہٕ رٔنگی چاڑ وأ ے ٿی۔ یٔمن نہٕ عزتس ٿی لوے کھو ے اوس۔

سوال ٢۔ ہا کہٕ مونجِہ کھتبھ کیٔاہ پہو سالرٕن سرُن؟

جواب۔ ہا کہٕ مونجِہ کھتبھ تُجِکھ سالرٕن ٹاپوٕ ٿی ٹاسہٕ رارے۔

سوال ٣۔ قونگوے صأبس ٿی کیٔاہ سلؤک آو کرنہٕ؟

جواب۔ قونگوے صأبس پیٚیہِ تیٚتی چوب زِٔتمس پہو دستار کلہٕ پٹھٕ ؤسی۔

سوال ٤۔ زنس تہٕ گُلی کاکس کیٔاہ گدرو وکھ؟

جواب۔ زنس ژٔ ٹکھ کمہِ تام ٿی یڈ تہٕ گُلی کاکس پھاٹہٕ نوؤ کھڈ بکہٕ۔

سوال۔ یٔمن ناوِتٕن ہٕندی جمع ناوِتی لیکھو۔

| واُحد ناؤت | جمع ناؤت | واُحد ناؤت | جمع ناؤت |
|---|---|---|---|
| کُھنڈ | کھنجِ | لیٚج | لیچِ |
| ژٔنڈ | ژنجِ | ٹبکر | ٹبکرِ |
| ڈُلج | ڈُلجِ | ڈُٔنڈ | ڈُنجِ |
| گج | گجِ | لُٔنڈ | لنجِ |
| دٔج | دجِ | موٚنڈ | مونجِ |
| ۂج | ہجِ | لؤر | لورِ |
| ڈؤر | ڈورِ | کؤر | کورِ |

## سبق: کٲشُر (خلاصہٕ)

یہِ نظم چھَ پریم ناتھ شاد صأبن لیچھمٕژ۔ اَتھ نظمہِ منز چھُ کٲشرِ ہٕنز خوبصورتی ہُنٛد ذکر کرنہٕ آمُت۔ شأعر چھُ ونان زِ کٲشیر چھ سٹھاہ مأری منز تہٕ اتھ أنٛدی أنٛدی یم شینہٕ پہاڑ چھِ یم چھِ امچہ خوبصورتی ہُر بٕ کران۔ خداین بخش یتھ کٲشیر حُسن۔ یہ سجأون رنگ بہٕ رٔنگی پوشو ستۍ۔ یمن پوشن ہُنٛد مشک چھُ سأری سےٕ کٲشرِ پھٔہلان تہٕ لۄکن ہنٛدی دِل رٔنزٕ ناوان۔ کٲشرِ ہنٛدی لۄکھ چھِ بأے بنٛدُت قأیم تھاونس منز مشہوٗر۔ امیُک آب چھُ سٹھاہ میوٗٹھ۔ شیخ العالمؒ تہٕ للہٕ دیدٕ چھِ کینٛہہ بُزرگ یِہنٛدِ کلامہٕ ستۍ لۄکن ہٕنٛد ہن دِلن چھَ کھےٚ ووتھان تہٕ روٗح چھِ تازٕ سپدان۔

### موخصر جواب لیکھو۔

سوال ۱۔ شأعرن کیٛازِ چھُ وۄنمت زِ کٲشیر چھےٚ لولہٕ ساگرتہٕ ترح یشہِ آگُر؟

جواب۔ شأعرن چھُ اِمو کھٕ یہِ وۄنمت تِکیٛازِ کٲشیر ہنٛدی لۄکھ چھِ اکھأ کِس ستۍ محبت بأگراوان تہٕ یمہِ کٲشرِ ہُنٛد آب چھُ واریاہ میوٗٹھ تہٕ چھُ باقٕین جاین واتناونہٕ یوان۔

سوال ۲۔ شیخہٕ شُرکی تہٕ للہٕ واکھ کیٛاہ چھِ گأشران؟

جواب۔ شیخہٕ شُرکی تہٕ للہٕ واکھ چھِ روٗحن گأشران۔

سوال ۳۔ شأعرن کیٛاہ دعا چھُ کٲشرِ باپتھ مونگمُت؟

جواب۔ شأعرن چھُ یہِ دُعا مونگمُت زِ کٲشرِ ہٕنز خوٗبصورتی گژھہ ہمیشہِ قأیم روزٕنی تہٕ لۄکن منز یُس مایہ تہٕ محبت چھُ یہِ گوٚژھہ تِمن ہمیشہِ پوشُن۔

بالہٕ دامن زعفران زار شالہٕ مأر
مُشک ادفر پوشہِ امبٕر چھم کٲشیر
کھل تہٕ شوٗبان بولان دیدٕ رِ جل

هاوَسن تر سورگہِ بازر چھم کٔشیر

وضاحت: شاعر چھُ ونان زِ کٔشیرِ ہُنٛد پرٛ بتھ کانٛہہ حصہِ یعنے بالہِ تھوٚنگی، کونگہِ باغ تہٕ پوٚشہِ باغ چھِ مأری مٕنٛدی۔ کٔشیر ہُنٛد زمین چھُ لوٗبہٕ وُن تہٕ شوٗبہٕ وُن۔ شاعر چھُ کٔشیرِ جنٛتُک اکھ باغ ونان۔

## مضمون: کٔشیرِ ہُنٛد سوٚنتھ کال

کٔشیرِ چھِ ژور موسم: سوٚنتھ، رٕتہ کول، ہُرد، تہٕ وَنٛد۔ پرٛ بتھ موسمس چھُ پنٕنۍ اہمیت۔ سوٚنتھ چھُ وَنٛدٕ پتہٕ ۲۱ مارچ پیٹھٕ شروع سپدان۔ یہِ موسم اژِ وُنے چھِ کأشری وَنٛدٕ کہِ گٹہٕ کارِنش نجات لبان۔ پرٛ بتھ کأنٛسہِ زُوذأژ چھُ نوٚ ویاوُن یوان۔ یہِ موسم اژِ وُنے چھُ وُشنیر پھیران تہٕ انسانن ہُنٛد دماغ تہٕ روٗح چھُ تازٕ سپدان۔ زمینس چھِ سبزی ہوٚان ووپدٕنی تہٕ گُلن چھُ ہوٚان بامُن پھٹُن۔ زمینس چھُ سبزار پھیران تہٕ پوشہِ باغن زُواژان۔ جاناوارن ہُنٛد چُرگیٚش چھُ دِل خوش کران۔ زمیندار چھِ کانگرِ تہٕ پھٕرَن ترٛاوِتھ زمیندأری شروع کران۔ صحت افزا مقامن پیٹھ چھُ سأ لانٛبن تہٕ باقٕے لوٗکن ہُنٛد رَش لگان۔ سأ لانٛبن ہنٛدِ ینہٕ گژھنہٕ سٟتی چھُ کارِ بارس ہُر بر سپدان تہٕ کأشری چھِ ترقی کُن لمان۔

## سبق: رُباعیہ خلاصہٕ

یہِ رُباعی چھِ غلام محمد غمگین صاٮ۟بن لیچھمٕژ۔ اتھ منٛز چھُ گوٚنہن ہنٛز معأفی منگنہٕ آمٕژ۔ شاعر چھُ ونان زِ خُدا چھُ بخشن وول تہٕ شاعر چھُ پننٕین غلطین پیٹھ معأفی منگان۔ شاعر چھُ ونان زِ یتھ دُنیاہس منٛز چھِ خوشی منٛز سأری الٕنہٕ تہٕ ولنہٕ یوان تہٕ مصیبتس منٛز خُدا ایس ورأے سأری بُتھ پھِران۔ کمزوٗری کِنۍ چھُنہٕ ہٮ۪کان شاعر پنُن حال باوِتھ تہٕ سٟتی چھُ ونان زِ دُنیہکی لوٗکھ چھِ وُچھِتھ أنۍ تہٕ بوٗزِتھ زٔری لاگان۔ لوٗکو چھُ شاعرلتہٕ موٚنجِہ کوٚرمُت۔ اپُز ہمدردی ہأوِتھ چھُکھ تباہ کوٚر مُت۔ شاعر چھُ ونان زِ یتھ دُنیاہس منٛز چھُ خدایہٕ سنٛدِ ناوٕ ورأے پرٛ بتھ کانٛہہ چیز ختم گژھن وول۔

أخرس چھُ شاعر ونان زِ دُنیاہس منٛز نہٕ چھُ خوشی روزان تہٕ نہٕ چھِ غمے روزن وألی۔

Scanned with CamScanner

سوال۔ رُباعی کتھ شعرٕ ذاُ ژِھ ونان؟

جواب۔ رُباعی چھِ تتھ ژُ مصری شعرٕ ذاُ ژونان یتھ منز گوڈنکس، دوٚیمس تہٕ ژوٗرِمس مصرعس ہوٚوے قافیہِ چھُ آسان۔ رُباعی منز چھِ مکمل خیال مو خصر پاٹھی باونہٕ یوان تہٕ یہِ چھُ عربی زبانٕی ہنٛدِ اربعہ لفظہٕ منز دراٗمت یمیُک مطلب ژور چھُ۔

سوال۲۔ ''غفار ژٕ ے چھکھ'' رباعیہ منز کیاہ چھُ شاعر منگان تہٕ کس چھُ منگان؟

جواب۔ شاعر چھُ خدایس پننٮ٘ن غلطین ہنز معافی منگان

سوال۳۔ ''جاے کٔرہم'' رُباعی منز کُس چھُ پننٮ٘ ذلیل ونان تہٕ کیاہ چھُ ونان؟

جواب۔ شاعر چھُ پننٮ٘ ذلیل ونان۔ شاعر چھُ ونان زِتس ہاولٕ کواپز ہمدردی۔ تٔہنٛزن خوشین آولوٚرِ پارکرنہٕ

سوال۴۔ عالم چھُ ''فانی'' رُباعی کٔرِو تشریح؟

جواب۔ شاعر چھُ ونان زِ یہِ سورُے عالم چھُ اکھ دھوکہٕ یتھ منز پھٔستھ انسان پنٕن پان مٔشران چھُ۔ نہٕ چھٕ خوشی روزن وانٛجنیٚ تہٕ نہٕ غم۔ انسانس پزٕ اُکس ژِہس سام ہیٚنٛز۔

سوال۵۔ پوشہِ چمنس منز اٗژِتھ کُس ورتاو پزٕ پوشن ستی کرُن؟

جواب۔ پوشہِ چمنس منز اٗژِتھ پزِ اَسہِ اصل ورتاو پوشن ستی کرُن تِکیازِ یم پوش چھِ خدایہِ سنٛز اکھ ڈالی یم پننہِ حسنہٕ ستی یہِ بُتراتھ ماری منز چھِ بناوان۔ یم چھِ پننہِ مُشکہٕ ستی انسانن ہُنٛد دل و دماغ تازٕ کران۔

سوال۔ ژھوتٮ٘ن لفظن منز لیٚکھو جواب۔

ا۔ مُشکھ کس روو؟

ج۔ مُشکھ روو شاعرس۔

۲۔ زیرٕ کو کیاہ چھُ وُنمت؟

ج۔ عالمس منز چھُ خدایس بغاٗر پزٕ بتھ کینہہ فانی۔

۳۔ دوٕکھس منٛز کُس چھُ مُہِمک یارآسان؟

ج۔ دوٕکھس منٛز چھُ صرف خُدا اصاٗب مُہِمک یارآسان۔

۴۔ گوڈنچہِ رُباعی ہُند کرِو وضاحت۔

ج۔ شاعر چھُ اتھ منٛز پننِس گوٚنہن معاٗفی منگان تہٕ پننِس عاٗبن ستر منگان۔ شاعر چھُ ونان زِ خوٚشی منٛز چھِ ساٗری الٕنہٕ تہٕ ولنہٕ یوان مگر ییٚلہِ انسان مُشکلس منٛز چھُ ہیٚنہٕ یوان امہِ وِزِ چھُ خدایی یوت ستیٚ آسان، باقٕے چھِ بُتھ پھٕرِتھ گژھان۔

## میٲنٛز موج

''موج'' لفظ ییٚلہِ اَسہِ زیوٚ یاد پٮ۪ہنس منٛز چھُ یِوان۔ اَسہِ چھُ سُہ پیکر بْرۄنٛہہ کُن یِوان، یُس محبت تہٕ شفقت ستیٚ لبریز چھُ۔ موج چھےٚ اللہ تعالیٰ سٕنٛدِ طرفٕہ اکھ خوٗبصوٗرت ڈاٗلی۔

میانہِ ماجہِ چھُ ۔۔۔۔ ناو سو چھےٚ پُرٕ مژھِ لُٔچھمٕژ آسنس ستیٚ ستیٚ اکھ نیک سیرت خاتون سو چھےٚ اَسہِ دوٕشونی بارٕ نٮ۪ن پٮ۪ٹھ سٮ۪ٹھاہ مہربان۔ سو چھےٚ صُبحاے سُلہٕ وۄتھتھ دَے سٕنٛز عبادت کران تہٕ پتہٕ سانہِ باپتھ کھٮ۪ن چٮ۪ن تیار کران۔ تہٕ اَسہِ مدرس سوزان۔ سو چھےٚ مے مدرسٕچ کاٗم کرناوان تہٕ سو چھےٚ مے وِزِ وِزِ نصیحت کران۔ سو چھےٚ گرس منٛز سارنے ستیٚ اتفاق تہٕ اتحاد سان روزان۔

اَسی ہیٚکوٚ وَنِتھ زِ موج چھےٚ سانہِ باپتھ اکھ بہترین نعمت۔ ماجہِ ہنٛد کھورن تل چھُ جنت۔ قرآن شریفس منٛز چھُ ذکر زِ ''اَسہِ پزِ نہٕ ماٗلِس ماجہِ بْرۄنٛہہ کنہِ اُف تہِ کرُن'' یِہ تہٕ چھُ ونُنہٕ یِوان زِ ماٗلِس ماجہِ کُن شفقتٕچ نظر تراونی تہِ چھےٚ اکھ عبادت۔ اَسہِ پزِ پننٮ۪ن والدینن ہنٛز خدمت تہٕ فرمانبرداری کرٕنی۔